# کاموشُری پھیری پھیری

پروفیسر محی الدین حاجنی

# گامؤ منز پھیری پھیری

محی الدین حاجنی

گنڈنیک چھاپ
۱۰۰۰

اگست ۱۹۶۲ء

موٗل
اکھ روپیہ

# فہرست

# کاشرِ لوک ادبُک اکھ خاکہ

یہِ ماننہٕ پرٛیتھ اکھاہ زِ کُنہِ قومُک ادب چھُنہٕ اُکی سی انسانہٕ سٕندِس
شانس پیٹھ آسان۔ بلکہ چھُہ سُہ آسان تمہِ پوٗرہ قومُک اکھ سُرٛٹھ سرمایہ یُس ہیرہ
پیٹھ بیرٕ ہُران چھُہ۔ یوٗت اُسی تاریخہ کیٚن وزقن پتھ پتھ پھیوٗر دِمو تیوٗت
چھِ اَمہِ ادبَس اندر اکھ خاص حصہ بُتھہِ یوان۔ یُس لیکھنہٕ روٚستوٗی لُکو چھُہ
زٮ۪تِس آسان تھوومُت۔ اَتھ حصس اندر چھِ اَمہِ قومُکی خواب تہٕ خیال ییکہٕ وٕڈٕ رٕلہِ
رِلہِ آسان۔ نثرٕ اُسی تن یا نظم اَتھ اندر چھِ یہندہ لسنہٕ بسنکی اشارہٕ۔ یہندین
ارمانَن ہندی نشانہٕ تہٕ یہندین خوابن ہندی تعبیر نِتھ کُنہ دوٗنِتھ آسان تھاوِتھ
زِ اَمِچ شکلی چھِ ادبہ کیٚن باقی قسمن نِشہِ الگ یوان لَبنہٕ۔ تہٕ اتھ شکلہِ تمان
تمان چھِ اَمہِ قومہِ چہِ تاریخی ترقی یا تنزلُک پتہ تہٕ لگان تہٕ ادبہٕ کس اَتھی حصس
چھِ وَنان لوک ادب۔ یُس دُنیہِ کیٚن قریب قریب سارنٕی قومَن اندر اکہِ نتہ
بیٚیہِ رنگہٕ موجود چھُہ روٗدمُت۔ موجودُوی یوت نہٕ بلکہ چھُہ یہِ حیرتس لایق کتھ زِ
لوک ادبَس اندر چھِ وارِیاہن قومَن ہنٛد شعور اکی وَتہٕ پکمُت۔ تَوے چھُہ یہِ تام
وننہٕ یوان زِ لوک ادبَس اندر چھُہ انسان پیٚزی پاٹھی سارنٕی انسانَن سیٚتی
رَلان تہٕ نفرتو ورأے نِنی وَنان۔ یہِ پرٛیتھ کُنہِ ملکُک اکھ عام انسان وٕنٛدان
آسہِ ہے۔

اَمہِ گوٚڈہ کتھہِ پتہ پٮ۪لہِ اُسی کشیرِ ہنٛد لوک ادب چھِ وُچھنہٕ لگان۔
اَتہِ چھِ اُسی کیٚنہہ خاص ترابہٕ لبان۔ یم سیٹھاہ کال گُزرِتھ تہٕ چھِ دوہہ

کھوتہٕ دوہہ ہیہ نوٲنی روزان تہٕ۔ مثلاً اگر اُسی نیلہ مت پرانؠک کانہہ قصہٕ
یا تاریخی عہدُک کانہہ رومان (مثلاً ہیبہ مال ناگراے) نموٗ۔ اُسی چھ یہ وُچھان
زِ یِمو سون شعور چھ ظاہرہ کھمہ تہٕ باطنس جادٕے بیتہٕ لو تہٕ گمُت تہٕ باطنی عقیدہ
کِہ برکتہٕ چھ سائنس لوک ادبس اندر گرا دیہِ مالا تہٕ فلسفہ۔ گرا جود تہٕ قیافہ
تِتھ کنۍ ورناوتھ آمتۍ۔ یِتھہٕ زن انسان یا تے دوہہ ہے جوان چھ روزان یا
مرِی مرِی چھ زندہ سیدان۔ بیتہٕ نے تو تہٕ چھ قدرتی منظرن اندر اکھ زندہ
روٗح وُچھان۔ یُس زن تہٕ سانی روٗحک اکھ حِصہ چھ۔ یتھے پاٹھی زیٹھن
کتھن اندر باُحتھ اہمیت تہٕ چھ سانہٕ لوک ادبُک اکھ خاص ٹیکنیک (مثلاً
قصہٕ شیخ صنعان) یا ووہ پرمنظوم عشقیہ قصہ دلیلہ پاٹھی باوتھ (مثلاً گُل صنوبر)
دلیل ونان ونان۔ بیتہٕ کُنہ کانہہ بوٗڈ ناگا یا سرا (مثلاً نیلہ ناگ، کونسر ناگ
یا شیش ناگ بیترٕہ) چھ یا بیتہٕ کُنہ کانہہ مشہور بالا (مثلاً ہر مکھ۔ مہادیو۔ ہاری
پربت بیترٕہ) بیتہٕ تتہٕ چھ اَسہ یمَن سیتۍ اکھ نتہٕ اکھ قصہٕ لاُگت تھوومُت۔
بیمہ کہ تصدیقہ خاطرہٕ پرانہٕ وقتہ صرف یتھوی بوت کافی ثبوت اوس زِ ہندو
دھرمن یا بدھ مذہبن اوس اکھ قِصس بطور تمثیل اجازت دیُتمُت۔ ییٚلہ ہمہ
صدی پتہٕ ییٚلہ کشیرِ اسلام ووت۔ اکھ "قصہٕ خوانی" گیہ واریاہ کلی اما پوز باطنی
تصور یا عقیدہ رود حِلہ وُنوی۔ مثلاً قصہٕ "اکہ نندن" یُس نفس کشی ہیند اکھ
مثالی قصہٕ چھ۔ یہ چھُ وُنیوٗ کتامت حِلہ وُنوی رُودمُت۔ یا ہیبہ مال تہٕ ناگراے
ہیند قصہ یُس از تہٕ چھُ سانین گوٗتہٕ ماتن ویٚد اکھ دیادہ ناوان۔
مسلمانن ہندس عہدس اندر پتہٕ یُتہٕ کُس لوک ادبس ایرانگ سیٚتھاہ مُتھون

اثر۔ تہٕ سانیو لوک شاعرو ہیوٚت لیلیٰ مجنوٗن تہٕ شیرین فرہادٕ سندِس نموٗنس پیٹھ برونہہ کالکۍ بوٚمبر تہٕ لولرٕ تہٕ پتہٕ کالکۍ یوسف شاہ تہٕ حبہ خاتوٗن مجازی عاشق معشوق بناوِتھ۔ اگر مغل یتھ آمتۍ کأشر زبان گال کھاتس گژھ ہے نہٕ یم دوٚنوے عشقہ قصہ آسہن وارِیاہ کال برونہہ سأنی لۄکہٕ دِی ہِی دوٚمان بنیا متۍ۔

ایرانی اثر پیٹھ آمتۍ گِیہ سأنِس لوک ادبس اندر برونہہ کھوتہٕ جادٕ، جِن" یادٕہ، وَن منز" پَرۍ" وُجارن منز" دیو" سیلابی جاین نِشہٕ "مُشران" ڈینبہ زمینس پیٹھ" دلفہ" تہٕ شیٖنہ میدانن اندر" بھرم راہ چوٚک"۔ پتھے کنہ اوس سأنِس لوک ادبس اندر پیدا آمت صدی تام "ہیلیکاپٹر" سِنز کوٗم "وُڈُن پرنگ" دِوان۔ وُنۍ چھے تمۍ سِنز جایہ آگرہٕ تھٔونہٕ۔ برونہہ آسی سو دٕہ برابر تہٕ لۄب دہ برابر۔ شیٖنہ رتہٕ رۄشت تمۍ وزٕ کتھ کران یمِلہ سأنِس مُسأفرس وتھ ہاوِنۍ آسہ آسان۔ وُنۍ آے خشکی پیٹھ حضرت خضر تہٕ سمندرہ منزۍ حضرت الیاس وتہٕ ہاوِنۍ تھاوِنہٕ۔ مگر کردار بدلاوان بدلاوان تہٕ رُوٗدی کأشرِس فنکارس یہ تلخ تجربہ یاد زِ سُہ چھُ غلام۔ چنانچہ "یکے نمان" ناوۍ کتھ بناوان چھُ تمۍ آرزو کورمُت زِ سُہ تہٕ آسیا تیتھ وقتا یمِلہ جنگی سامانو روٗستۍ کوشر تازبی کان کرِتھ پادشاہ بنہٕ……

عام کأشرِ تھٔاوِی پننۍ تجربہ پرزٕہن، محوٗرن، کہاوژن تہٕ مثالن اندر زِیوٚہ پیٹھ چلہ وِنۍ۔ یمن اندر تاریخی تلمیحن ہند اکھ تیتھ بوٚڈ ذخیرہ چھُ یتھ اکھ بڈ کتاب ہیکہ بنِتھ۔ بے قل کتھن ہندِ خاطرہ کوٗر اکھ "بیٚرہٕ ڈار"

ہوی کردار پاؠدٕ نہٕ خشکی دنیاداری ہاونہٕ خاطرٕ "ہمہ بنیاؠوک" مگر یؠتہٕ تامت پاؠٹھروک تعلق چھ یہ لوگ صرف بھانڈن ہندیس اتھس تل تہٕ اتھ پیٹھ سۄہ یرٕ وٕنی ناو اُسی زانہتہ بُڈٕس ہیکہِ نہٕ لگتھ۔ البتہ زنانو تھوٚو اوٚگرٕ تھوٚو گرٕ "وننوٚن" تہٕ "روٚو" سائنس لوک ادبس اندر چلہ ونوٚی (کاش یہ ییہ ہے جمع کرنہ!) تہٕ ترکاری کتن واجو تھوٚو "وٚزن" ناوی پٹھ ادب پانس کیتہٕ اماپوز لڑی شُہُن کری عارِج پیٹھ نمایندگی تہٕ اسان اسان وُنی تمہ کِنہٕ ہمن اوترٕ تام جاپہٕ بغاوت ناو کرٕ ہن۔ (سۄن یہ سرمایہ تہٕ چھُ سورُوی چھیکرِتھ بلکہ راوِتھ تہٕ) اَمِس پیٹھ چھ سائنس لوک ادبس اندر ذاکرن ہنز جماتھ روزان۔ ہِمو سائنس ادبس اندر مرثیہ تہٕ مسجّع عبارت ہیر در پیٹھ زندہ تھوٚو۔

•

### توٚین زمانن ہِندی نثرٕ نمونہ

| | |
|---|---|
| لولہ کِہ ووہ کھلہ وایتھ پیشم | کوٚہ کل ژِھجم تہٕ روزِہس رٕسے |
| بُزم تہٕ زایجم پانس ژاشم | کوٚہ زانہ توٚہ سیتھ مرِٕہ کِنہٕ لسے |

(للٕ دیدٕ - ۱۴ صدی)

اَندری زاؠجنسے - تَندرس بہٕ لاؠج نسے - ماز گوم بھسہ بھسے

چھمنہٕ ہیوان ناو نسے

شین زن گاؠجھ نسے - آرن واؠج نسے - جوین بہٕ لاؠج نسے

لسہ کمہ ہا وسے (حبہ خوتون ۱۶ صدی)

گکلاہ اسس تھوِ اول ہیران - سوٗنتیچ وزملہٕ گنڈِتھم ریٛتہ

کیاہ کرٕ روٗدم شہ ونہٕ نی پھیران - سوران چھمنو آدنگ سرٕ یتہ (ارنہ مال - ۱۸ صدی)

# بہادر گنہ ٹین "اکہ نندُن"

وِنن وول دِیان پتھر کالہ اوس سلابت نگرِ ناوی وولرچہ جایہ اکھ شہر۔ یتہ "چکنادیگ" ناوی اکھ پادشاہ اوس۔ رانہِ اوس ناو "رتنہ مالا" یِلنہ یِمن واد بہس کالس نیچوُ زاو یِموکوٗر مندرس اندر وأرت وعدہ زِ زاو یَس شُر اَمہ زِیَوِہ سُہ بَقادون اُسی بھگوانس کرٛ۔ کیٚنہہ کالا گژھت زاو یِمن نیچوُ یَس یِمو "اکہ نندُن" ناو تھوٚو۔ یِھوی یِھوی یہ بڑان گو۔ تِتھوی گو یِمن پنُن وعدہ مُشتھ۔ یِتامم اَکِہ دوہہ یِمن تِشہ زُنتہ یَانہ بھگوان آو گوسأنی لأگتھ۔ پادشاہ اوس اَمہ وِزِہ کوٚت تامم ژرامُت۔ نہ اُمی جوٗگ دوٚن "رانہِ" کُن۔ مییہ دِیو خیرالنقاہ۔

اَمہ پتہ چھ وَنان ووستاد "بہوٗدُر گنائی"

پاک قدرت پأدہِ کرِئم پانہ حق سُبحانی
جایہ جایہ ویہاتھ کرتھ پرزہ ناوی تاو
نورہ پننہِ نے پأدہِ کرِنے کم درویش رحمانی
رِژھ تمی سنز چھ پریٚتھ سیرس برٛتھ آنی تاو
کھیتیہ چیٚنہ نہ زِیَوہ مرِہ نہ سوہ چھ بُڈ حیرانی
پأدہِ کوٚرنے سور عالم کانہہ وُنی راو[1]
تارِہ سوی ہتہ مارہ سوی کرِہ سمارس۔ فانی
سایِٔن لأگتھ یور دِچھنے پانہ گوسأنی آو

[1] راو = رو = الگ ہوا ہے = یعنی لیو

(۲)

جٹ پورتمۍ بابہ گوسائی سنیاس تمۍ لوگوی
تنہِ پورن خاصہ مُسلا تۆرِگ یہ کاٗنسے ماوہ؟
اَکھِ ہیٚنژنے لۆنہِ بیٚراکی بٹہٕ گرہ تمۍ نوگوی
ہنگہ بسماجہ گو مۆل ہتہٕ بچھنہِ آنگن ژاو
دِیہ سندرہ لولہ داتہِ مالیو میٚرتہٕ کرٕتو بھوگوی
سایٔس لاگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسائی آو

(۳)

تتہ ہٹنے کلہ دوٚندنَس انہِ روز سنیاسے
ناد لوے نَس دتہٕ گتو پاد رَسے نفاو
نۆتت وولنَس بھتہ نفالاہ پھۆت بُرٕتھی یرلسے
بہ چھِ لنجیا ماٗدہٕ گہ بیاہ پتہ واسے ژاو
مال گُرٕتھیا مہرہ رتہ یہ پے لال دِمے خاصے
سایٔس لاگِتھ یور وُچھنے پانہٕ گوسائی آو

جُوگی دوٚنفُس :۔

(۴)

سانہِ ملکہٕ ہے دیار ڈولاں دِتہٕ کترہ یرتھہ نئے
زانہ کھےتَے ہے ہٹہٕ نی رتہ پیہ برکنہِ مےَ ہاو
سندھ بیٚران سانہِ ملکہ وندہ ژتین شرادنے
تھورہٕ آیس چانہِ دِلشے مہرہ زان تےَ زاد          زاو زد یسہ یوک مَل

سانہٕ ملکہ ہے لال ڈولاں آرہ بلہ پتھہ کنے
سایٕس لاگِتھ پورٕ چھنے پانہٕ گوہ سانی آو

(۵)

رتنہ ماتا وژھس:۔

کانچھ برے گیوہ تہٕ رہ بے مانچھ انے کھینڑی
کسہٕ میانے درویشاہ عفصہ میونڑی تراو
تُحیہ ڈُگ کھہ تہٕ ہنڈی مارے ژوچیہ کرے بنیوی
کالہ کرے ناوی گاڈے بالہ ژیونم ناو
ترایس لگی مادہ گوہ بیا دوہ دنقاوے چینیوی
سایٕس لاگِتھ پورٕ چھنے پانہٕ گوسانی آو

مٹ دانیک اکھ قسم

(۶)

جوگی دوبھس:۔

سانہٕ ملکہ مانچھ گیوہ چے دوہ دہ وسان کو لے
کھیمہ چے پراس ہیمے نہ میہٕ مے لوسہ ناو
ادہ بٹہٕ نی سرڈگ گیٹھی دیہ سند بہ لولے
تیلہ منوش ماز دِتم کرِتھ شولے کھیاو
نانہٕ کرٕتھ اکہ نندسے چھک کرن لیس لولہ لولے
سایٕس لاگِتھ پورٕ چھنے پانہٕ گوسانی آو

(۷)

بٹنی وژھس۔

(۷)

ریشتھ کوڑ تھم مالہ جوگیا یتھ ونی کیتھ سہوی
زاف کوڑ تھم سنیاسا عار ادوڈی ناد
کُن گوبر میون اکہ نندن ڈنیھک چھم شوی
ملکہ پھول میون اکہ نندن لکہ ہوڈی ماو
راہ چوک مشران ماچھک منوش ماز کیتھ چھوی
سائیں لاگتھ یور وچھنے پانہ گوسائی آو

(۸)

جوگی دوتھس :۔

"یاد روڈی نہ ہے بٹنی اوری پھیرتھ ژلے"
تیڑ یہ ونتھ ونان استاد ع

"ہرہ مول امہ بٹہ ہنندے برہ نلے دراو
ہٹنہ پتیو وعدہ یاد نہ ع
ہندان کرتھ پھیرتھ اون نے وندن ہتیونس کلے
ستن کورین ہنزلاکن اکہ نندن مینہ زاو
دِکہہ ژھانڈن ژہی دِمہ نے ببہہ ہے گوپالے مہ گامہ
سائیں لاگتھ یور وچھنے پانہ گوسائی آو

یہ ونتھ دراہ بٹنی اکہ نندن ژھانڈنہ۔ ژاہ اکس
گرس اندر ۱۱ا چھینٹ ہیتھ۔ اکہ گرس اسی ستھ نیچوی۔ تہ دوپ تکھ :۔

" اکہ نندن چھُ گرٛھان ژاٹہ ہال۔ تس گوٗژھم کانٛہہ دوہ دٕہ بویاسیتی۔ تِتھ ہیہ چھُ دٕیُن پھُلے دٕرژ ہرٛ۔ میٛیہ دٕیتن اکھ نیٛچو" ہیوٗ کرِس سُتی سَتوَرے ہیش تہٕ ژورُن اکھاہ خوش شکیل یُس شیوٗ" ناو اوس۔ یہ پانٛس سیتہ تِمن وِیزہ دٕنُن لالہ پھوٗت ییمَن تہٕ واٗژ جوگس نشہ تہٕ دَنان چھم دوہ ستاد :-

(۹)

تتہٕ بٔڈنے وتہٕ پیٛٹھے دوہپر نیچہ وا ژونوٗی
دوٗ ہیہٕ جوٗگس ماٗرِ موٗندمے " اکہ " آنوٗی ما
داٗیہٕ کھوٗتے دوہ رٕہ لوٗہی ہیٛیہ ہیہ کھوتہ چھم پرٛیوٗوٗی
کوٗژھ دمہ ہے سنیاسیا گوٗژھ یہ کھِنوٗی ما
زَنمہ زٕنمہ اوس اُمس کرمہ گنٛیُن لونوٗی !
سایُں لاگِھدٕ یور وُچھنے یانٛہ گو اَنی آو

جوٗگی دوٗنقس :- (۱۰)

چھِ‌میٛھ مے ہیٛم بٔڈنی تہٕ بینہ ییرٛیم جونوٗی
نظراے دٕکھ اکہ نندنٕس حل تہٕ وزنٕژ تراو — وزنٕژ = ژھرٹہ ژھرکے
ژاٹہ ہالے دیدیان گاٹہ چھم خوشہ دوٗی
اکہ نندن چون بٔڈنی رٕان چھہ یکہ ون راو — راو = آفتاب
از گوٗژھم راہ خدا ماژ تِمہ سند کھِنوٗی
سایُں لاگِھدٕ یور وُچھنے یانہ گوساٗنی آو

بٹہ نہ گوہ تسلی شیوس دوپن گژھہ گوبرا گرہ۔ چون مول مرج
ہا اوس نصیبہ وول۔ گژھی تو سہ لالہ پھوترہ ہن کھینہ عیشا کرِتھ۔ یہ
بچہ رچھ پوت داوہ ژلان زن تہ پہلو ڈانڈہ نِشہ موکر لیاو۔ تہ بٹنی
لبنی پھٹی متینو کوٹھیو جورِگس کن ڈننہ :۔

(۱۱)

آکاشہ دوٹھہ کھو پاتالہ کھوت کھوسو کاشہ باوتم وارے
معول زون مے کمہ زگہ ہیند چھک ہے کوٹلہ[۱] تارہ کاو
ردمہ آکھ کنہ چین ماچینہ آکھ کنہ پور بہ شہار سے
ناو پنہ نوی تہ سر وونڈہ کوسی کھوندہ کارا[۲] باو
اکہ نندان سیتہ دمہ نے وئنہ رہن کتھہ شہا ئے؟
سائین لاگتھ یورِ وچھنے پانہ گوسائی آو

۱ کوٹہ تارک، ستارہ خاندان ۲ کھوندہ کارا = صاف صاف

(۱۲)

جگر گر ودھس :۔

پنتھ پروہہ تہ دچھن کھودر کی گرہ پہ نیتھ عجایہ میونوی
ہیرہ بونے ژون لھبون پھیرہ ون چھس واو
پوربہ پچھم وامنہ دکھن تہ دورہ اٹھ آسہ دونوی
ژون کوتجن ولہ ورن تھوددچھہ میونوی ناو
آس خیرات چون منگنے سرمنہ کرتم نونوی

سایئں لاگیتھ یِرو وُچھنے پانہ گوسائی آو

بٹہِ نہ زون دہءنی چھُنہ کانہہ وارا تہ درایہ اکہ نندنس ژاٹہ ہال

اَننہ تہ دوہستاد وَنان :-

(۱۳)

درایہ پوہ ترس دآئی کران ماجہ نگینہ پسندو ۱؎ ودان

باکھ دِھد تمہ ناد لوکُس میانہ لایا قہ

ہٹہ میانہ گے محنتہ ہارہ ہرِہ کے باز بندو

یمنژ ہا چھِے لمہ لمَ تہ سرَ بہ وندَے نو ۲؎ عزرائیل

نادہ تھہندسے اَز بہ دِمہ تھو چھک ژہ لیسند بندو

سایئں لاگیتھ یِر وُچھنے پانہ گوسائی آو

اکہ نندُن دوہتھُس ژہ وَنتے میہ دلیل کیاہ چھ؟ تہ ژیہ کیاہ

گے؟ ماجہ دوہ یُس سے

(۱۴)

جنہ جو گیا زاگ ہیتھ چھی گریہنہ ماتھا ششکلے

مانہ کھے تہ دُور ژلہ ہو میون مالینو

اکہ نندُن دوہتھُس سے

ژلہ ہو تاسے ہے موجی مایہ کھوژ ما دلے

یی آسے میانہ اَزلے تی میہ ژلے نو

جَل ہَتہٕ مے جیوِگس نش اَدٕ دل میون بلے!
سائیں لاگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسائی آو

(۱۵)

زون مے شوہی امہ کتھ کنی عالمَس چھی عاشق
ژٕلِہ ما شوہی کلہ ونِدٕ ہاس ژٕ مے اوشوہی تراو
تمیُتھ نیرٕہم تس بروٕنہہ کُنٕ یُتھ آسہِ تس خوشی
وائنہ مے کر سائی رنرہٕ وُن میانی آشی تراو
ژتھ ماژِ زٕیم تس بروٕنہہ کنہٕ یتھ ماران پوشی
سائیں لاگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسائی آو
پکان رُودی ہم ماجِ پتھر ژاٹ ہالہ پتھ گرہٕ کُنہ۔ گرہٕ دراو
اکہ نندٕرُن مول بہٕ ہے

(۱۶)

دا[۱] ے کران ماجِ پتھر آسے جو گس کُنوی — [۱] مصلحت
بارہ[۲] کوہ رہے ترِبیہٕ دیو، یارہ رشنی تو — [۲] اتفاق
یوسہ کُری ہس وانکہ پھلین کرانکہ مازِ تس چھنُوی
رین[۳] ہیت ہس اڈہ مازِ تس بیون بینوی گو — [۳] وون
نرہ رٹِت دٕ نہ ویو پروو جوگس کُنوی
سائیں لاگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسائی آو

جُوگ وۆدتھ بٔلس کُن سہ

دِیتہ بٔٹا بٹہ رِنہ گُنُوئی زٔن تہٕ مِنزِی زاو

پھٕلہ پچھچرہ جِتہ بہاننے مرہ دوہی یا راگٕی

زندہ داتن نِشہ گُمٔرِ شیے روزہ ۂمٕرش ناو

بٕٹن وۆن بٔتنہِ کُن سہ

مارنس وٕنہِ کیاہ چھِہ تارِہی انہ نس زِنزہ پڑی

سایہٕ لاگِتھ یورؤ چھنے پانہ گوساٗیٕ آو

(۲۰)

وو ستاد وَنان سہ

جانہ میر یٕلہ کوڈکھ مارِن ڈانڈ دِتھ پوٗدکھ پانے — ۱ ٹوٹھ

ٹیکُ ناٹھیوس ادِہ تتے ہیوک بہ کرِات ناو — ۲ نوٗ

ماجہ دیہ ہے ژھونڈ تمی مول شراکھ اتھہ پانے

جُوگ دِیان کھیون واتے داٗن پوش آمہ نیاو

پژھ کنہ رُود ہوٹ داٗرتھ ووش تہ ژھنڈُن نے

سایہٕ لاگِتھ یورؤ چھنے پانہ گوساٗیٕ آو

(۲۱)

ماجہ رچہ نس نزہ زنگہ تاسے مالِ ژوٹنس ہوٹوی

نالہ بٔنہ وِی کوڈہس ترۆٹ خونہ بۆز توٗمی دراو

سور عالم گوک گونٹ تے تل زمینے نوژؤی
اُمہ ویژے ژھونٹ عالم تہ اکھ نالے نہ دراو
ماجہ دوپنس سہ
چھانگرہ گو ہمہ محنتہ ہارا صورتہ اعلی پھٹؤی
ہسائیں لاگہتھ یدر وٕچھنے پانہ گوسائیں آو

(۲۲)

جُوگو ووتھس سہ
ہے بٹہ تہ ہے بٹہ نی " ہرہ " یلہ چھو ٹوٹھؤی
اکہ نندن تس دتھ پتہ مٔتن وؤہ روٹھوٚ ماو
دانہ مرژہ نونہ تیلہ پانہ زتن میو کھوٗی
کونگہ رونگہ گیوٗہ ماچھہ بینگہ میٹھی راو
پُھتھنہ ورزی پُھتھنہ وُرژی پُھتھنہ گرژھی ٹینٹھوٗی
سیٔن تہ کھیٚمے نہ نُنُن تہ کھیٚمے اُنتھ لیٹھوی نھاو
ادہ کھیت جیٚنتھ آبرو یا دعاے خیرا زیٗونٹھوٗی
سائیں لاگہتھ یدر وٕچھنے پانہ گوسائیں آو

بٹنو وُزھس سہ

(۲۳)

کیتھ ژھٹہ یو اکہ نندنس نزہ زنگہ بینیہ کلے

اکہ ندن چون بٹہ نئ ژھوگ پأرِتھ آو
ناد لاے تس شادسپدک ادہ کمی کس زوگوی
سایئں لأگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسأنی آو

بٹنز گیہ ہے ولا ۔ اما ٹھودمُت چھاوا پس یوان ۔ سینی دوین ہے پانز بیتر یوت ژہ مانان گوک تیتہ مان تہ یہن تہ ۔ بانز بھوتا اوزُن تہ چھلُن چھکُن ۔ بتھاوِن بانز منڈلس منز بروٹھ کنہ ۔ کوزین ستن ہندی ست ۔ یانہ دوون بأژُن ہندی زر ۔ دایہ ہُند اکھ ۔ اکہ ندُن اکھ تہ جوگی شند اکھ بانہ ۔ یم گیہ باہ بانہ ۔ تہ ترووُن یہن بانن اکہ ندُن بأگرِتھ ۔ بھوگُن ژھٹُن ہورکُن ڈُلہ ۔ جوگی دوِیس کر کرِتھ اکہ ندنس رتنہ ماتما درایہ دروازس پیٹھ تہ گرُن کرِتھ ۔ تہ کرِتھ کرأنی دِتِن جامن چاک تہ ۔

(۲۷)

باکھ دِتھ ماجہ نادلوئیں چاک دِتھ گرِہ درا پیے
خیراتِ دِیُت مکھہ کِتہ لبہ تھوَ میانہ لایا تو
پوشہ موت تمہ ڈیُٹھ یوان خوش کأژاہ آیے
سون دِیہ ہے سون چھکہ ہے سون ہأیے کو
ادہ جوگیا گُنہ ڈیوٹھُن نہ گرِہ یامت ژایے
سایئں لأگِتھ یور وُچھنے پانہ گوسأنی آو

کورین چھہ پرِیژھان جُوگی کوت گو؟ یمہ دۆپُس اَسہ وُچھوی نہ سُہ۔ دۆپہانکھ اکہ نندبہ ناٹے آسہ بانَن اندر شیرِتھ تمہِ کوت گیہ۔ دۆپہاکھ ژہ کیا پانَس (پراہ) چھی گومُت۔ ژہ کیا چھکھ اُمِس دوہہ دوہہ کران۔ دۆپہانکھ وُہ ہے گو تسُلہ توہندُوی پوز اما پوز کہتہ چھہ۔ یمہ چھہ وُچھمُت زایِلہ اَسہ اکہ نندُن ہور جُوگی رنیو تُس تالہِ پیٹھہ ژھوگ کرِپت۔ اُمِس تُلی تو توہہ کلہ پوش تھوو تہ اُتی وُچھتوس ژھوگ چھُسہ کرِپت کنہ نہ۔ یمو وُچھ تہ اتہ لوبکُ نہ ژھوگوی کُنہ۔ ماجہ دۆپکھ بہ چھس بھگوانس برونہہ کنہ قسم کھیوان ژہ یہ کینژھا میہ دوہس کورِتی چھہ پیٚر۔ توہہ ہا نی تہ یا مشہ مانی تو!

(۲۸)

ژہی باگژ اُسہ تاب گرِیشان ژھاب اَسہ ہا ڈیوٹھوی
دوش ترووُکھ ژنن سورگا اَسہ اڈیوٹھوی گو
ہرہ دۆلتوی بانہ گو سانی دور گوہ کُنہ رلیوٹھوی
جبہ جہ گیا پریژھنہ ردستوی بہ ترِتھ گو
سنہ دوندہ کوتی رقصہ دۆلمت باپہ ذرگندین ژیوٹھوی
سایُس لاگیتھ یور وُچھنے پانہ گوسانی آو

نوٹ:۔ یہ اوسُس یُہُن وریرین یہ "اکہ نندُن" ژھانڈان خدایہ ژُند کرین یتھ لوب میہ بہ پنِنی گامہ منزہ نزدیک شاہ گنڈ غلام محمد آہنگرس نشہ یُس کشیرہ منز شاید کُنوی رادی چھہ یمہ سانہ ادبُک کارنامہ فنا گژھنہ نش بچیووہ۔

# رازٕہ ہٕنز تہٕ ککل

حبہ خوتونہٕ وۄن یوسف شاہس: ۔ بوز بہٕ وَنے کتھ کٕنہ چھ مردس آسان پانس خطا تہٕ زنانہٕ پیوان بیٚنتہٕ رٕن۔

دیان پتھ کالہٕ اَسی تہٕ یہٕ یار رازٕہ ہٕنز راتہ موغل تہٕ کاو۔ رازٕہ ہونزن ووٚن یینہٕ ہیٚن یارن میٚنہ گژھ سوہ زنانہٕ بنیہ یوسہ پکہٕ نس منز۔ بولہ باشہ منز تہٕ رنگس منز وُچھن وائلس دِل رنیہ ڈٕہت۔ رازٕہ ہونز تہٕ کاو درائے تہٕ بیٚنٹھاہ ژھونڈ دِتھ لبکھ ککلی۔ یس یم ترٚنبہ وَنے صفت اَسی۔ رازٕہ ہونزس تہٕ گژھ سوہ پسند تہٕ کوٗرکھ ٹھکہٕ ٹھکہٕ سان خاندر۔ کیٚنہہ کال گژھت یلہ ھرِ دوٚن ککلہٕ ووٚن رازٕہ ہونزس۔ خبر ژیہ پچھیہ بوزمُت یوہ چھسنہٕ ہیکان کشیرِ ہٕنید وندہ ژالتھ تہٕ توٗرے چھس یوہ گرم علاقس منز گژھان۔ مگر ییٚہُس پتیہ میٚنہ چانہ بابت یِتی روزن۔ رازٕہ ہونز گوو اُمی سٕنزہ وفاداری بیٚنٹھ بیٚنٹھاہ خوش۔ مگر ووٚن نس نہ کیٚنہہ تیرِہ ہنِدی کیٚنہہ دوہ ژالتھ گیہ ککلی کھسی۔ تیرِہ ژیس نیرتھ۔

ککل بگرے یس تہٕ بول باشہ گوس کجیرتہ یکہٕ نس منز لنجر۔ رازٕہ ہونز گوو اُمی سٕند یہ حال وُچھت پریشان۔ مگر یارو ووٚنُس ککلہٕ چھیہ وندہٕ تیرِہ سیتی پی گژھان یہ بوزت ووٚنُس رازٕہ ہونزن: " اچھا اگر اَز تہٕ ژٕہ گرم علاقس واتتھ ہیکک تہٕ گژھ۔ " ککلہٕ ژون اگر نکار کرس خبر اُتھی بیٚنٹھا گژھیم ناراض تہٕ دزایہ۔ نیرنہ وِزہ ووٚن نس: " بہٕ واتے سونت یوہ وُنُوی۔ ییٚمن دوہن اگر میٚنہ ژھانڈک تہٕ بہٕ آسے پٕنٕزی نارہ سٕندِ چھ پھلے چھاوان۔ اگر سونتھ نیرتھ بہٕ یاد آیہ سے تیلہ آسے

بہ لاڑس خبر شدہ ہوا حیوان۔ اگر رینہ کول نیر تھہ یوہ ہے آشڈس یا کار تکس
منز یوہ یاد پییہ سے تیلہ وائی زہ پانیر یوہ آسے تیتی کونگہ پھلیہ منز بی ژہ وُنہ
دوان۔ اَمہ پیتہ دڑایہ سوہ لونگ لونگ کران گرم علاقس کن۔

سونت واتانی لوگن سخ رود۔ مگر گگلی آیہ تہ سُنڈ جہ پھلیہ ونی دوان۔
دوان لوبن نہ رازہ ہونز گنے۔ تسہ اوس یاران نب گژھہ صاف تہ لوہ نیرہ۔ اگہ
دعہ یھہ تیلہ رود ہمیو ہیو۔ اَمی تل وڈو تہ وچھن اکس جایہ تیر را چھوٚہا گن
دالہ واشہ لاجمرژہ تہ دالہ واشہ برس اکھ گگر لجمرژ۔ گگر وچھت آو رازہ ہونزس
عار تہ دِتن جونٹ تہ تیجن دالہ واشی ہیتھ گگر اکس گلس پیٹھ۔ شیٹھے منزہ
گگرو کڈن پھکن تل وشنیر۔ تہ تس یامت زو ہیو پھیور تہ سعہ لیجی رازہ ہونزس
شہیرہ تلی تلی پڑگنہ۔ رازہ ہونزس گیہ نہ تو تام خبر یوتام امس اکہ زنی مزدور ن
چھنگ کرتہ امی ہیوت وڈو تراون تہ پیو پتھر۔ زنی مزدور آو تہ گرہ واتنا وتھ
وڈن تہ پس۔ زنانہ دوین ہیہے چھہ خدشہ ون جانورا۔ بہ کرے نیرہ معلوم یہ
چھا حلال کنہ حرام۔ اوسے حلال تیلہ مارون۔ تکیازہ اول چھنہ اسہ خبر یہ
کھیوان کیاہ چھہ تہ بییہ خبر خوفہ موجب ماگرہ ہس پھریٹ تہ مرہ۔ اوسے حرام
رازہ ہونزن یڑھی پہنہ سکھر وچھی تمی ترو ہینہ اکہ شہ پرہ تلہ اکھ لال۔ زنی مزدور
پیٹھوی واپس آو تہ وچھن تہ پس منز زرژہ تراوان ٹھولاہ اکھ سہ پیوو
اسمانہ تس رود نہ یہ یادی زہ رازہ ہونز اینا چھنہ حلالی۔ یہ ٹھول بازر
کرٹت آیہ تس حاسہ وادرہ ہیہ تہ زنی مزدور بیوو بوڈ موہ ہیو تہ لوگ رازہ
ہونزس زو وندنہ تہ تم نعمرژہ کھیاونہ نہ یم امس گنہ بنہ ہن نہ۔

۲۵

ہیاری لبِج گنگل جایہ جایہ بصیرت وَنِگ دِتہِ۔ نہ اوس تس کانْہہ وَنان
سُہ کوٚت گوو۔ نہ اوس پننہِ عقلِ پلان زِ سُہ وا تنوو ٹھیس منز تمی گکرٕ
یمہٕ سیتہٕ تمی موتہ نش بچاو تہٕ یٚرن تل وُڈشہٕ ناو۔ تس اوس کھیٚن چیٚن تہٕ مُشتھ
گومُت تہٕ آرام کرُن تہٕ۔ رازٕ ہونزن تہٕ کاو اُسی یتھ فکرٕ زِ نجر پادشاہ
ہا یہ ژھانڈائی ماروو پادشاہ تہٕ! مگر یمن اوسنہٕ پوٚرہ پاگھٹی پھان۔ دوہ، مس
اوس یٚران کاو نہٕ راتس راتہٕ موغل یمن دوٚن باژن ژھانڈنہٕ۔ یہٕ تام
پوٚرہ سونت تہٕ دزاو۔ اکہٕ شامہٕ یلہٕ کاوَن راتہٕ موغلس نش یہ شینچھوائی زِ
میٚنہ ہاوچھ رازٕ ہونزٕ فلائی جایہِ پنجرس لدتھ تہٕ تمی ہا ووٚن تم ژیہ یوٚژھن
یہٕ کیتہٕ کنہ ہیکہ ژلتھ۔ تہٕ یہ شینچھ بوزائی تروو راتہٕ موغلن یڈ میوٚر کٔرن
کرِتھ ڈانب۔ کاوس گوو خیال یچھ خبر کوٚت گوو یہ بےہوش۔ سُہ آس
نکھ۔ اورٕ پیر ڈکہٕ نوون۔ دِکہٕ پونشہٕ دزہٕ نس۔ مگر راتہٕ موغل رُود امی حالہ۔
کاوس آیہ یژھ زِ دراصل گوو یہ یارٕ سُند حال بد بوٚزتھی رحمت حق۔
یہ کابریوو تہٕ تمبجن وُف تہٕ ووت صبحسے رازٕ ہونزس نشہٕ تہٕ ووٚن نس "چانہٕ
شینچھ ہیند جواب کوٚنہٕ بروہہوی ہُسہٕ بڑیوو چون وزیر راتہٕ موغل"۔ رازٕ
ہونزن کوٚر "تقصیر! تقصیر!" سیٹھاہ تہٕ ووٚن نس دوہلہٕ سہٕ اجلس کیا
کرِزٕ۔ مگر توٚتہٕ ٹھاوی زیم ژہٕ یاد ہی۔"

کاو وڑاو اکھتھ کٔن تہٕ رازٕ ہونزن تروو ڈانب۔ نو دولتہٕ زِنی منز ورن
یامت یہ وُچھ سُہ تہٕ تسنز زنانہٕ لبِج وُچھ ژیٹھے کرنہٕ۔ رازٕ ہونز کوڈ ڈھکھ
ہیٹہِ منزٕ تہٕ لگس اکھن پنیٹھ للہ ناونہٕ۔ مگر امی مُرٕہ رادنہٕ توٚت تام اچھ

یُتام نہ اُمی تنگی ٹارِ ژٕلنس وَتھ لٔب تہٕ تِمَن وُٹھ تہ اَتہٕ وُچھن یرٕ آہتہ
تہٕ ژٔول۔ زٕنی مزدور دوریوس ییتے مگر کوٚت تہٕ کور۔ چھیکرس آو رازٕ ہونزس
اُمس پیٹھ عار تہٕ ترووُنس پننہٕ بنگہٕ شہرٕ اندرٕ بیاکھ لال۔ یُس لیٚت
زٕنی مزدور ہٕچن بنیوو۔ اَوتام اوس رٔیتہ کول تہٕ ژھوٚہ کرنس آمُت تہٕ گٔکلی
اُس سندرٕ بٹھی بٹھو چھیری ٹھیری وٕہلی گٔرژ تہٕ دَج بیت دَجہ وٕنداکھ دِی دِی
ژھینٹ پیٚمرٕ۔ رازٕ ہونزس اُسنہ ییہ پرژھی زہ گنگلی گیا آسہ میانہ مۄکھ حال
حاگران۔ لہذا ووت ستیدٕ وی ششہ پننہ ہٕنی یارن نشہ۔ اَتہٕ اوس کاورِ موغلن
ستیتھ ژٕوایٔنی تہٕ تام ژاو رازٕ ہونز تہٕ ووٚنُن کاوس "راتہٕ موغلن ہنٛزِچھ
نودُس بہٕ پننہٕ عملہٕ ستیتھ سہٕ ژھل یُس حیانس ٹاوٹاوس تل لگِت ژھلی
روزٕہے نہٕ۔" یہ وٕنت کرٕ ٹاون صلح تہٕ لگی کینژن دوہن شادٕ کرنہٕ۔
تہٕ تام پیٚیہ رازٕ ہونزس گنگلی یاد۔ سہٕ دراو یارٕ ہینتھ گوٚڈٕ سندِ ژھیلے
وُچھنہٕ۔ نہ وُچھن پھُلے گنہٕ تہٕ نہ گنگلی۔ ییتہٕ آیہ لار تہٕ اَتہٕ تہٕ لوٚبُن نہ کانہہ
راتہٕ موغلن ووٚنُس "ووذایے کارتک مۄکلُن ہیوٚتُن تہٕ ہہ کوٚنہ یاد پیوان
زِ اَز آسہ سۄ رازٕ ہونزِ بن پانپرٕ کونگ پھُلیہ اندر یاران۔ یہ بُزِت
درای پانپر کُن۔ اَتہٕ وُچھک سۄ اُکس بیرٕ پیٹھ خستہ گراھت پیٚمژ۔ اُمس
وُدی وُدی اَچھن گاش سوریومُت۔ تہٕ کوٚڈھین ہوش رووُمُت۔ یم دُورٕ ڈٕیشانی
لُگ تس زٕو ہیوٚ پھیرنہٕ۔ مگر رازٕ ہونزن یامَت سۄ اَتھ حالس اندر وُچھ
تس پیٹھ ترس پیٚنہ بجایہ کھوٚت تس سخ شرارت تہٕ خیر یالٹھ برونہی متیوس۔
"بہٕ کوٚر تس ژبہٕ دربدر تہٕ خار تہٕ پانہ ییٹھک کونگ پھُلے چھاونہٕ"

گگلہ ہیٚنزِ ویو میٚتۍ ہیوت ونُن زِ سونتہٕ پیٚٹھہٕ گو وَنیہ ژھانڈانی
تہٕ تام لوٗگ رازہٕ ہونز جادہٕ تیز نہٕ ۔ اگر نہ راتہٕ مس غلہ منزہٕ پیٚنیہ ہے تہٕ کیتھ
واژ ٲسیہ ہور ۔ نہ اوس رازہٕ ہونز یہ مانان زِ کوکٹن کرِ حماقت ییلہٕ سوہ
گگر پٔرن تل وشنائوم یُس نہ چھہ احسان یاد روزان نہ احسان کرن
وٲلِس زِک دینہٕ روٗس آرام یوان ۔ نہ اوس تٔمِس یہ تران فکرہٕ وٕری
کوٚت ووت تہٕ گگلہ کیاہ کیاہ بیٚتہٕ بیٚنیہ سونتس تہٕ رٔینتہٕ کالس اندر ۔ نہ
اوسُس اورکنی ظلمن زِ ہیردہٕ بیتہٕ مایہ اُمس بیٚنیہ شوی پرٚنک حالہٕ
یارو بینہٕ نیٚو تہٕ ونیوس ۔ گگلہٕ ہیٚنز چھنہٕ کانہہ قصور مگر سُہ زُود تورتہٕ ادرہٕ
کوٚسی یزان تہٕ یورک نہ بوزان ۔ یوتانی گگلہ بچارہٕ جوانی منزی دق
وُزیاو تہٕ اُمس سیٚتۍ دژایس وُمرِ لیٚندی ۔"

حبہ خوتونہٕ ہنزِ زیوہ یہ دلیل بوٗزِت دوٚن تس یوسف شاہ
ذکن یہ تھوٚدوُت ژیٚنہ رازہٕ ہونزس بُلِ قدہ تہٕ ماگنڈِتھ ۔ بہٕ دٔنہ ژیٚنہ پگاہ
بارہ ہندی صفت" ییمہٕ اندرہٕ ژہٕ زانکھ پانُنہٕ زنانہ کٲژاہ " وفادار"
چھہ آسان ۔

٥

بھرم ورِتھ ژولے ڈیٚکہ پٮ۪ٹھ نایے شمشاد قد زیبایے لولو
و
سنیاس لٲگتھ یتہٕ توری نیرس وُچھہِ ہس یوت ژھایے لو
گوم تنبہ لٲوِتھ ژول سے ترٲوِتھ کمہٕ سوہٕ دِتنس دایے لولو
کنس نِدابہٕ اندرم بال دود باوِتھ ژم چھیم پینہ نیے رایے لولو
(محمود گامی)

# گامہ گیوٚن

## (دیپچ)

نہایت پرانہِ وقتہٕ پیٚٹھٕ چھُہ سانیٚن گامن گیوٚنس کُن لےٚ اُسمژ توٚرے چھِہ سانیٚو پرانیٚو ژنیٚو گوہنہ ماتو ژم ژم بأکھۍ وٕنی ہیتھ۔ یمن منز گامن ہیٚنید سورٕوی بنن تہٕ گدٕرن لگن تہٕ بسن وننہٕ آمت چھُہ۔ پرأنی تجربہٕ ییٚلہٕ پرٕیتھ دوہہٕ سرِ گژھان چھِک تہٕ ژم چھِہ گیوٚن لہرٕ منز پیٚن تجربہٕ دِژ بڑاوان۔ یوہے وجہ چھُہ زہ پرٕیتھ گامُس منز چھُہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ گیوٚن وول یا تسند چھکرٕہ بوج آسان یم نئے آسن تیٚلہٕ تہٕ چھِہ گامی خاص خاص وقتن پیٚٹھٕ پانہٕ وأنی گیوان۔ یمن بأتن منز چھُہ کُنہٕ کُنہٕ سأنی رسم ورواج یا پرأنی قصہٕ۔ دیوٚن یا پریٚن ہنزٕ دلیلہ یا لڑایہ یا عام عقیدٕہ وننہٕ آمتی۔۔۔۔

اُسی کرو ابتدا شُری زینہٕ پیٚٹھٕ۔ گامن منز ییٚلہٕ شُر زیٚوہ تہٕ ییہٕ چھُہ شادیانک دوہ آسان۔ مگر امہِ دوہہٕ چھُنہٕ دَن کُنہٕ یوان۔ شُرس پامت منزلس منز تراوان چھِہ تہٕ اَتی پیٚٹھٕ چھُہ اُمی سندین کنن گیوٚن گژھان۔ اُمی سندہٕ ساوٕنہٕ خأطرٕ چھِہ اُمی سنز موج یا بینیہ "ہوہو" تہٕ "لولو" کرٕن ہیوان۔ اَتھ ہوہو اَس تہٕ گوٚرٕ گوٚرس منز چھُہ بچہ سندہٕ خأطرٕ دُعا آسان ہادہ تہٕ شاعری کم۔ کینٛہہ کال گژھت پامت اُمس

خُتنک وقت چھُہ واتان تہٖ وارِہین گامَن چھِہ اَمہِ دوہہ وَنہٕ وُن یا بچہ نغمہ لگان ۔ اما پوز گامہ کس وَنہٕ وُنَس چھِہ غزل آسان خال خالی ۔ بٔنیہ چھِنہ گامَن منز شہرکی پائٹھی وَنہٕ وُنہٕ وقتہٕ عام پائٹھی تمیک ناٹ وانہ یوان ۔ مگر نوٹ چھُہ ضرور آسان ۔ وَنہٕ وُنَس منز چھِہ زنانہٕ خُتنہ کھوتہٕ جادہٕ خاندَرن پیٹھ بیٛن کمال ہاوان ۔ کوٗرہ مَس مٲزِنہ وِدنہ پیٹھ مہرازس تہٕ مہرنہ ترٛیوٗت ترٛہ کو کران نہٕ جمشید تہٕ چھُہ کمھا ۔ گرا چھُہ مہرازس کُن وَنان سہ

| | |
|---|---|
| خلعت شاہانہ نالی تراوہ نا وٕے | تاج زر برسر تھیٛا وایو |
| ٹِلکہ واچہ سیٹھ بو کمہ تشہہ لاوٕے | گوٗشن پوش ووہ تھٕ راوایو |
| پٔڑیہ پٔڑیہ اسپند تہٕ وَدہٕ زالہ لشے | گٔڑیہ گٔڑیہ کٔڑیہ نہٕ تراوایو |
| جٔڑیہ جٔڑیہ جُبہ از نالی لاگہ نالٕے | گوٗشن پوش ووہ تھٕ راوایو |
| سوہنہٕ پائزارس محنتہ جرہ ناوٕے | پادَن ماٗنز لاگہ ناوایو |
| مِصرہ کِس باجَس وَاُجہ گرہ ناوٕے | گوٗشن پوش ووہ تھٕ راوایو |

(قدیم)

تہٕ گرا مہرِنہ کُن وَنان سہ

| | |
|---|---|
| رُخے چون اکھتا بہ چشم تابانی | خوٗے چون شکرستانئے |
| موٗے چون لاشک عنبر ثانی | سُندری لال مرجانئے |
| دند چانی محنتہ مالہ وُکھ بدخشانی | قندہ کھوتہٕ صاف شوبانئے |
| خندہ چانہٕ وُزہ ملہٕ آیہ مندچھانی | سُندری لال مرجانئے |

یِمَن چھِہ ٹاٹھِہٕ بادِشاہ یَنٛیٚ واریاہن رٕہٖن منز کربلا تہٕ یاد پیٚوان ۔

اِمام زادے کرٕ یِمہٕ شہید یزیدَن تیٚ

ہا رٕتھنٛدرہٕ بایَت وۆدیہ زمین اسمانَن تیٚ

حسن تہٕ حسین زٕون زَن اَس منز تارکَن تیٚ

نَتہٕ کو ہہ تَلہٕ اوس کلہٕ کوٗ ڈمٹ اکھتابن تیٚ

تہٕ تَوَرے چھہٕ عید بغیر باقی دوہَن زنانَن ناپائدار دُنیا اُچھن تَل

نَژان پیوان لَبنہٕ ۔

دَے نٔے رٕیہ تیٚ ڈیکہ نٔے پوٗرے ڈیکہ سٔے پوٗرے

نادار محتاج رٕنیہ کَس ژوٗرے رٕنیہ کَس ژوٗرے

قیمت رٕنیہ تہٕ لوٗدمت لوٗرے لوٗدمت لوٗرے

لھَرٕ زَن والہٕ تہٕ سٕنہٕ زَن پوٗرے سٕنہٕ زَن پوٗرے

موتک زرتب لھاویم ژوٗرے لھاویم ژوٗرے

چھانہٕ لوٗک ژوٗرہٕ نو روزہٕ بستوٗرے روزہٕ بستوٗرے

(وہاب حاجن)

وَنہٕ وونہٕ تہٕ رٕہتیو علاوہ چھہٕ وَنٛ گامَن ہنٛزہٕ زنانہٕ وَنَن منز کاٹھ

سوٚمبران یا پوش وٕٹان تہٕ پینٛز تجربہ وَنان ۔

دردِل مالیٖن دٔکہٕ دِت گوٚم وائرٕو مینہٕ کروٗٹھ پیوم

حق اوس مینہٕ ہَشہٕ ہِنٛدِ سٕخ کوٗرُم زوم وٕیتہٕ راوَن پیوم

یا کھونگ وٹان وٹان گیوان ؎

لولہٕ چانہٕ راتس کرٕ میہٕ بیداری  لوسُس کھونگ ژاٹری ژاٹریے
ژوٕنہٕ نیر وُچھ نے میانٕی ٹلکاری  لگہ یوہ بال یاری پاری یے

یمو علاوہ چھُہ گاری واجنہٕ یا گاڈٕ ہانزنہٕ ہند یا شہرس منز ڈل ہانزنہٕ ہُند " وژُن " تہٕ اکھ الگ طرز ایتھ کُن حال حالی شاعر گژھتی چھ۔ یمن لیست طائیفن ہُند " وژُن " چھُہ یہنز غریبی تہٕ افلاس نوٕن کرڈان۔ مثالے نیتون گاری واجین ؎

ہارہٕ نیتہ ژہ کرا یے کُنی ڈُرم وُٹھ ہایہ گام
پرائنی ارمان لوکہ چارِ کی یاونس منز صبا یہ گام
یاوہ ہنز گل چھولہٕ نہٕ بروٹھی داوہٕ ہرڈ نہٕ ژھایہ گام

ہا ے تقدیرس خداین زانہتہٕ مُژرم تاری ما
گاری ماجو گاری ماجو گاری ماجو گاری ما

( بہار )

گاٹی مُردس اگرچہ گیونس کُن منزلہٕ منزے لےٕ اٹس مگر بچارس چھُنہٕ وندہٕ سوا زانہتہٕ آرامہٕ سان گیونس فرصت یوان۔ وندہ چھُہ کٹاوان دلیلہٕ ٹوزی بوزی یا چھکرٕ گنیوان گیوان۔ چھکرِ گیوہ نُس منز چھُہ سہ جادہٕ معشوقہ سنزِ زیوہ حال بوزُن یژھان ؎

مُسولہٕ پوشن کرہٕ یو مالہ  ییتہٕ موسالہ لالہ از

دوہ دوہ کے ہرِ بو برہ یو پیالہ　　پیتہٕ موسالہ لالہ اَز
وُچھتو آوارہ چھُس کِہ حالہ　　اَسمان سَینٛم ڈایے گز
کُس وَنہِ گاٹہٕ چھُس مُوٗلہٕ تہٕ مالہ　　پیتہٕ موسالہ لالہ اَز
برٛین زَن ژٕ ٹھکی وأ چھُس بالہ　　ذأ لِت نارہٕ کوٗر ژھم سَر
لأ چھُس گھاٹن کوہٕ سنبالہ　　پیتہٕ موسالہٕ لالہ اَز

(وہاب)

چھکرہٕ علاوہ چھُہ گامین منٛز کلام پسند گژھان یتھ منٛز طنز تہٕ ظرافت آسہ یا یتھ منٛز اَسان اَسان گوہ نہٕ ماتَن آسہ دوٗنمت کُس کُس چھُہ گریستس اکِہ نتہٕ بیکہٕ جیتہٕ دُج دُج تُلان۔ توٗرے چھُہ واریاہن گامَن منٛز پہلی نامہ۔ مقدم نامہ۔ نتہٕ ملہٕ نامہ پرنہٕ یوان۔ یمَن جادہٕ فرصت آسہ تِم چھِہ سام نامہ نتہٕ شاہنامہ یا اکرم جادہٕ اعتقادی آسَن تِم چھِہ مختار نامہ۔ امیر حمزہ تہٕ باقی مذہبی رزمیہ کتابہٕ پرہٕ ناوان سیتی اگر کوہ کرہ کوٗن یاد پیٹھہ تہٕ گیوان چھِہ سہ

چھِہ ٹھولن ٹھوتھے خامے　　ہا کوہ کری نول ہے آمے

سونت اژہٕ وُنوٕی چھِہ گامَن منٛز نوٗروٗزی ولولا پیدہٕ گژھان۔ تکیازہٕ کشیرہٕ ہندی زنبر، نیہ، درگہ، کوٗلہ راد، بال، بٹھی چھِہ اُتھی وقتس پیٹھ ششری ژھینہٕ نیرتھ بیتہٕ زندہٕ گژھان نہٕ گریوس چھِہ ژچھان پرنیتھ جاناوار تہٕ پرنیتھ گُل یوہے باشہ ہشہ کران تہٕ زَن اورے

وُنان سه

| | |
|---|---|
| پوشنُولُر بَرتھ چھاوو | نوبہار ہو آو |
| گُل ژورِین از چھِم کراوو | نوبہار ہو آو |

(وہاب)

وُنہ چھُہ بہار آسان چلاگی یُلہِ دانیس نَیندہ چھِہ شروع گژھان۔
ییمن دوہن اگر کانہہ شہری گُنہ دال گامہ منزی چھُہ نیران شہ چھُہ وُچھان
پرنبجھ طرفہ ژُوری گریزان سه

| | |
|---|---|
| نوبہار آو وطنکہ یارو | نَیندہ کرہ نے نیرُو کاشکارو |
| دِلہ ویرن ہندہ سردارو | نَیندہ کرہ نے نیرُو کاشکارو |
| رَنہ سیتی چھُوی کھاسگہ نادون | مَیْزہ منز چھُوی سون ووہ پاوشی |
| باغ پھُلراوِن مُدن دارو | نَیندہ کرہ نے نیرُو کاشکارو |
| طوفانس سیتی لڈ کرہ نے | انسانن ہنز یڈ برہ نے |
| سینہ دارِت چھُکھ دَلہ دارو | نَیندہ کرہ نے نیرُو کاشکارو |

(پریمی)

خشکی گام چھِہ ٹوٹھنگر ژُورس منز ژُورِین پینچھ گیوان مگرَم چھِم
جادہ ژھکھر کران کھاندرن پینچھ۔ ہرُ داتاگی چھِہ گریستین بروہنہ کُنہ
شہرکِ دار یاہ "دُعاگو" حاضر سپدان تہ یمن منز یُس یُس گیون
وول آسہِ تَس چھِہ مانگمہ موُٹھ دِنہ بروٹھ گیوہ ناوان یمہ نی دوہ ہا اگر

" لڑی شاہ " تہٕ ووت تہٕ گامَس منز چھ گرٛھان یِتھے پارٕ سے ہیش ۔ گاہکو درجہٕ واد شُری چھہ آسان لڑی شٲہَس بینہٕ بیتر پکان ۔ تکیازِ بہ چھُ اَمہ وٕنین شعرَن منز تِم تِم مضمون وَنان یِم گامہ کینہ پانہ سُر ہتی چھہ آسان ۔ مثلاً سنہ شیٹھک سٲہلاب تہٕ حکومتچ لاپروٲہی سہ

سوہ کھِمو کھِو دُست آو آب قہار      گرٕو گُنٕوئی کھنہٕ بِل کھادُنہٕ یار
نہ رُوٗد درتہ نہ نہ زہ دیوار      گرٕو گُنٕوئی کھنہٕ بِل کھادُنہٕ یار
کھرِ شہ آیہ وُسی وُسی ژٕتینہٕ گیہ ہٕتلو      لوکین تہٕ بُڈین گیہ کھٕل ہٕتلو
یِیہ وینہٕ ناو گیہ بنیہ کھقیہ کھار      گرٕو گُنٕوئی کھنہٕ بِل کھادُنہٕ یار
حاکِم لُوکن کیا اَس چینٹھ      کیتہٕ ژٕلی کیتہٕ گٕنلی کیتیا چھٹ

لڑی شاہ چھ پُرٕزی پاٹھی گرٕیستین تِم تِم وٲدی یا دِ پاوان ، یِمن ہِنز ذِگ چھ وُرٕیہ وادَن گرٕیستیو ژاٹھ آسان ۔ تہٕ توٚرے چھ گامہ روایتن ہٕند اکھ بوٚڈ رچھن وول لڑی شاہ یوان مانہٕ ۔۔۔۔

اَمہ علاوہ چھ گامَن منز پرٕیتھ جاے مذہبی شعرن کُن لوٗکن سیٹھاہ شوق ۔ توٚرے چھ پرٕیتھ گامَس منز کینہہ زٕنہٕ مُناجات ، نعت تہٕ منقبت پرٕنس منز نرٕ ٹھی یوان مانہٕ ۔

# ساںٛز مشہور شاعر

## (کُس زانہٕ تہٕ کُس بڑٕ یہ)

ییٚم تٲریخ ژھانڈٕنہٕ یا شیرنہٕ پھیوٗرُس بہٕ وارِہن گامن ہٮ۪تہٕ میٚنہٕ وارِہن عالمن تہٕ شاعرن ہندیٚن وٲرِشن پرژھہ گارِ کٔرٕ۔ اَمہِ علاوہ دیُت میٚنہٕ ژھونڈٕ فوٚین پرانیٚن رسالن تہٕ کتابن۔ مقبرن ہندیٚن پیرِیٚن تہٕ گیوٚن والیٚن ہندِس یاد وٕتھرِس۔ چھیکرس ژوٗرژو عالِمو بیٚیٹھ کاکیٚن تام مشورہ ہیٚیہ ہیٚیہ تہٕ رُود یہِ مضمون ترتیب ہِرتوٗی۔ پرژھہ دار تٲریخ سۭتۍ برا وان سۭتۍ برا ان گوو شاعرہ ہنٛد گُوناجُک، ییم میٚنہٕ آسے مشہور، صاحب طرز یا پختہ خیال لیکھنہٕ۔ باقی اگرچہ ساںٛہٕ زبٲنۍ ہندی وارِیاہ شاعر تہٕ چھہ مگر یہند تٲریخ سیٚدٕ نہٕ معلوٗمی۔

یہِ فہرستس کُن وُچھت زاُنوٚ توٚہیہ یانے زہ اڈیٚن ہُنٛد زینہ تٲریخی یوت اچھہ اتھہ پران۔ اڈیٚن ہُنٛد مرن تٲریخی یوت۔ کینژن ہُنٛد چھہ صرف یہِ پیے دراُمت زِ تم کتھہ صدی منز آسی زندہ۔ مثلاً شامہ بی بی، بھٹ اوتار تہٕ شاہ غفور تہٕ کینژن متعلق چھنہٕ یہِ پیلے تہٕ لگان زہ تم کتِکی آسی، مثلاً حبہ خوتون وغیرہ۔

کنوٗہمہ صدی برونٛہہ

للہ دید (۱۳۳۵ء — ؟) شیخ نورالدین ولی (۱۳۷۷ء — ۱۴۳۸ء)

شامہ بی بی (پنداہم صدی) بھٹ اوتار (عہد بڈشاہ۔ پنداہم صدی)

حبہ خوتون (۱۵۵۱ء؟ ۔ ۱۶۰۶ء؟) خواجہ حبیب اللہ نوشہری (۱۵۵۵ء۔ ۱۶۱۸ء)
مرزا اکمل الدین بدخشانی (۱۶۴۲ء۔ ۱۷۱۷ء) نندی ڈار کاٹھیول (وفات
۱۷۷۴ء) کاظم گنائی زاسو (اردا ہم صدی) اُرنہ مال (وفات ۱۸۰۰ء)
شاہ غفور (اردا ہم صدی آخر) شاہ قلندر (اردا ہم صدی)

## کنوہم صدی

مؤمن صاحب بیبہ گام (سکہ عہد) کرم بلند واہتھور (عہد شیر سنگھ
۱۸۳۳ء) محمود گامی آروادی ڈورو (وفات ۱۸۵۵ء) ولی اللہ متو نوشہرہ
(وفات ۱۸۶۰ء) ظریف شاہ ظریف صفاپورہ (وفات ۱۸۵۶ء)
بیبٹ دید حضرت بل (وفات ۱۸۶۰ء) رحیم صاحب سوپور (وفات ۱۸۶۵-۱۸۷۵ء)
عبدالاحد ناظم ویچہارہ (وفات ۱۸۶۵ء) شکر ریشی بدرہ کوٹ بانگل (وفات
۱۸۷۰ء؟) میر ثناء اللہ کریری (وفات ۱۸۷۵ء) مقبول شاہ کرالہ واری
(۱۸۲۰ء؟ ۱۸۷۶ء) نندہ رام پرمانند مٹن (۱۷۹۱ء۔ ۱۸۷۹ء) نعمہ صاحب
سرینگر (وفات ۱۸۸۰ء؟) لکھمن جو بلبل ناگام (۱۸۱۲ء۔ ۱۸۸۴ء)
پرکاش رام کوریگام (وفات ۱۸۸۵ء؟) محمد اکرم نوخ درد مند چرار شریف
(وفات ۱۸۸۶ء) پیر غلام حسن کھویہامی (۱۸۳۳ء ۱۸۹۸ء) حسن شاہ
حسن چرار شریف (وفات ۱۹۰۰ء) رحمان ڈار چھتہ بل (وفات ۱۹۰۰ء)

---

۱ اگر پروفیسر حامدی شند بہ تحقیقات پوزمانو نہ، مقبول شاہ برٹہوو
دوہ بہ ترہہ وُہرُوی ۱۸۵۵ء منز۔ تیلہ چھ رتم ۱۸۲۳ء اس منز ناہتی۔

محی الدین گنائی مہدی ترالی (وفات ۱۹۰۰ء) مولوی صدیق اللہ حاجن
(۱۸۳۲ء - ۱۹۰۰ء)

## وُہِم صٔدی

میرزہ میر وٹہ نو (۱۸۱۱ء - ۱۹۰۱ء) پیر عبدالغفار قدیر وانٹہ پورہ
(وفات ۱۹۰۲ء) شمس فقیر (۱۸۴۳ء؟ - ۱۹۰۴ء) سیّد امیر شاہ کریری
(۱۸۴۶ء - ۱۹۰۵ء) حکیم حبیب اللہ (۱۸۶۷ء؟ - ۱۹۰۵ء) غلام احمد
جیّد سرینگر (وفات ۱۹۰۸ء) عبدالاحد نادمؔ گامرو (وفات ۱۹۱۱ء)
لالہ تانترے حاجن (۱۸۲۸ء؟ - ۱۹۱۲ء) وہاب کھار کھریو (وفات ۱۹۱۲ء)
غفار بابا نائبؔ بارہمولہ (۱۸۲۵ء - ۱۹۱۴ء) عبدالوہاب پرے حاجن
(۱۸۴۵ء - ۱۹۱۴ء) احمد بٹہ واری (۱۸۴۵ء؟ - ۱۹۱۸ء) رمضان بٹ
گنستان (۱۸۸۷ء - ۱۹۱۸ء) محمد سراج سرینگر (وفات ۱۹۱۹ء) اسد
پرے حاجن (۱۸۶۲ء - ۱۹۳۰ء) حاجی محی الدین مسکینؔ سرینگر (۱۸۶۸ء
- ۱۹۲۱ء؟) محمد وازہ سرینگر (۱۸۳۴ء - ۱۹۲۴ء) سری کرشن
رازدان ونیو (وفات ۱۹۲۵ء) بہاؤالدین نقشبندی وندہ ہامہ (وفات ۱۹۲۵ء)
عزیز اللہ حقانی (۱۸۵۴ء - ۱۹۲۸ء) اسد میر ہاکورہ بدسگام (۱۸۷۷ء -
۱۹۲۸ء) عبدالرحیم آہمی نوگام باہنال (۱۸۸۴ء - ۱۹۳۰ء) ملہ خالق
پہالن (۱۸۸۱ء - ۱۹۳۱ء) سیّد مظفر شاہ کریری (۱۸۶۷ء - ۱۹۳۵ء)
پیر غلام محمد حنفی سوپور (۱۸۶۹ء - ۱۹۳۷ء) محمد الیاس چرار (۱۸۸۱ء
- ۱۹۴۱ء) محمد اسماعیل نامی سرینگر (۱۸۸۴ء - ۱۹۴۰ء) پیر عبدالقادر

آثم (۱۸۹۶ء - ۱۹۴۶ء) غلام نبی دلسوز نٹی پورہ (۱۹۱۸ء - ۱۹۴۵ء) عبدالاحد آزاد رانگل بڈگام (۱۹۰۳ء - ۱۹۴۸ء) عبدالستار عاصی سرینگر (وفات ۱۹۵۱ء) مجید میر اسلام آباد (۱۸۶۴ء - ۱۹۵۱ء) غلام احمد مہجور مِتر گام - پلوامہ (۱۸۸۵ء - ۱۹۵۲ء) احد صوفی بانپور (۱۸۹۰ء - ۱۹۵۴ء) غلام قادر سائل سرینگر (۱۸۹۱ء - ۱۹۵۴ء) کیشو ناتھ مندتو سرینگر - (وفات ۱۹۵۶ء) صمد میر نمبل ہار (۱۹۰۱ء - ۱۹۵۸ء)

---

لوٗلک نار للہ لٔولہ للہ نوٗوم
مرنے موٗیس تہٕ روٗزس تہٕ زرٕ رے
رنگہٕ رژھر ذاتس کیاہ نہٕ رنگ ہوٗوم
بہٕ دپن ژوٗلم کیاہ تہٕ کرے
راوٕنہٕ منزٕ سے راوٕن روٗوم
رٲوت اکھ آیس بجوٗ سرے
اسان گِندان سہزی یِروٗوم
دیہٕ نوٗی کوٗرم پانس سرے (لل دید)

پیے ہیوت عاشقو کعبہ بُت خانس گے ادہٕ پانس پانہ مشتاق
لے سیتی کرہے جان جانس - کھے کاسِت دلس دے اکھ آکھ
نیہ پیتہ موژک منی عرفانس - گے ادہ پانس پانہ مشتاق
گے کینہہ فانی ژاے درفانس - زانی دوٗ گنیارس وبتنے چاک
روٗ ی تتہ پھیوٗر ہے نفع نقصانس - گے ادہٕ پانس پانہ مشتاق
(صمد میر)

# کشیرِ ہِندی سَر تہٕ مرگہ

کشیرِ منز چھہ وارِیاہ سَر تہٕ مرگ، یِمن کُن وُچھِت دِل چھُ تنبہ لان۔ یِمَن قدرتَن رٕ حُسن دِیتھمُت چھُ یُس نہٕ کشیرِ سوا کُنہٕ لَبنہٕ یوان چھُ۔ یِہندی پوش، سبزار، جاناوار تہٕ نظارٕ ڈیشِتھ پرِدین چھُ یِتی مُول دِوان آرہٕ گور روزان۔

یِتہٕ کین مشہور سرَن منز چھہ ڈل، مانسبل، وُلر، کونسرناگ، گنگہ بل، شیش ناگ۔ تارسر۔ مارسر۔ باقی سر مثلاً آنچار، ہائیگام۔ ہوکرسر وغیرہ چھہ رکھن منز گژرا۔ مرگن منز چھہ مشہور گل مرگ۔ کھیلن مرگ۔ توسہ میدان یُوس مرگ۔ پہلگام۔ سونہ مرگ۔ منہ مرگ بیترہ۔ کأشرِ منزہ چھہ یِمن سرن تہٕ مرگن یاتہٕ ہمسایہ گام چھاوان نتہٕ نیبرِم سیاح۔ سأری سر تہٕ مرگ وُچھنس چھِنہٕ عام لُوکن فرصت دِوان تہٕ خاص لُوکن شوق سپنان۔

## ڈل

تہٕ چھُ سرینگرس جنوب مغربہ طرفہ اکھ بوڈ سر یُس ہوک زیچھر قریباً ژور میل تہٕ کھجر ڈاے میل چھہ۔ اتھ چھُ تخت سلیمان (شنکر آچاریہ) کوہ تہٕ ہارِ پربت (کوہ ماران) وَسہٕ وِہنز افتابہ۔ گُپکار جنوبہ طرفہ۔ چشمہ شاہی۔ نشاط باغ۔ شالہ مار باغ تہٕ ہارون کھسہ وِہنز افتابہ تہٕ تیل بل شمالہ طرفہ۔ اتھ منز چھہ وارِیاہ ڈینب۔ یِمَن پیٹھ ریتھی ڈوری چھہ یِم یِرہٕ وِنہٕ

یِہ وُنۍ تہٕ چھِ روزان۔ یِمَن ڈینبن پینٹھ چھِ تمام شہرچ ترکٲرۍ
وۄہ پدان۔ اَمیُک آب چھُ سیٹھاہ زٲیِل۔ خاص کرٕ گنگرٕ بلک آب۔
اماپوز مو نگالِہ۔ ہیبلہٕ تہٕ ترکارِہ فصلہ سیتۍ لبتھہٕ وَنہٕ آمُت۔ اتھ چھُ ژوہنہٕ
وِیُہ طرفہٕ کوہن تہٕ باغن ہِنٛدسٕ نظارہ یتھہٕ وُچھنہٕ چھِ سیاح لُوکھ
دوہہ وادَن بلکہ ریٛتہٕ وادَن ہوس بوٹن منز روزان۔ اَتھ سرس چھِ بُڈۍ
زٕ حصہ اکِس حصس منز باگ چھِ رۄہ پہٕ لانک تہٕ بیٛیِس حصس منز باگ
سوہ نہ لانک۔ یِم زٕ لانکہ چھِ ڈلس منز ترٛٹھ شوٗبان زٕ وَنہٕ نے پیہہٕ سٕ۔
وُنیُوکتامت یوسہٕ یوسہٕ حکومتھ کشیرِ آیہٕ۔ تِمَو منزٕ کوٗر قریباً پرٛیتھ
کانٛسہِ حکومتن ڈل پارِنس منز کینہہ نتہٕ کینہہ بُرزُر۔ توٗرے چھُ پرٛی محلہ
پینٹھ تیل بل نالس تام تہٕ نگینہ پینٹھ ہارونس تام امیُک چپہ چپہ
کشیرِ ہندِ تاریخی ہُنک اکھ اکھ نمونہ پیش کران۔

## مانسبل

صفاپورس سیتۍ چھُ یِہ سر میل ڈوہ ڈاہ زیچھرٕ تہٕ میل اوڈا
کھجرٕ۔ یِہ چھُ دوہ یہٕ طرفہٕ کوہ ہوٗ تہٕ اکہ طرفہ بارٕ پیٹرٕ ناوِہ وُڈُرٕ سیتۍ
وَلِت۔ نمۍ نارِہ نشہٕ چھُ یہٕ جھیل زمینس سیتۍ ہموار۔ یتھ اَمہٕ منزٕ
اکھ نالہ چھُ نیران یُس وَیتھِ منزٕ زلان چھُ۔ کھسہٕ وِنہٕ افتابہ چھِم
اکھ " دیالگ وُڈُرٕ" یتھ بوہ نہٕ کنِہ اکھ نفیس ریسٹ ہاوس چھُ۔ سیاح
لوٗک چھِ اَتی کیمپ دِوان۔ تکیازِ اتیٛت چھُ مانسبلک بہترین نظارہ

ییوان تھکنہٕ۔ بارہ پیٹھٕ طرفہ چھہ اکھ مغل شہنشاہ جہانگیرنٕ سندٕ وقتہٕ
پیٹھٕ ریچھ اکھ ویران جروگہٕ۔ یتھ "داروغہ باغ" وَنان چھہ۔ مگر یہ چھہ
ووٗنی وُجارٕ گوٚمُت۔ نیٚرٕ اکھ پیٹھن چھہ ہیٚنہ مشیدٕ ہندی جن گرہ
جورا یسان یموٚ اکھ پادشاہ کارخانس داند واۍ یمیک جادے وُجاڑی
کرٕ مژ چھہ۔ حالانکہ ابتیت چھہ جھیلوک نظارہ ریسٹ ہاوسکہ کھوتہٕ
جادٕ ییوان لبنہٕ۔ یہ سرچھہ واریاہ شئ ترٕ کنہٕ چھہ امیُک آب
نیوٗل کرانک ہیوٗ بوزنہٕ ییوان۔ اندٕ اندی چھہ اکھ اڈٕس جنس بمیوش
اڈس ویرہ تہٕ اڈٕس چوٗنہٕ وُڈاڑ۔ یموٚ سیتٕ امیُک حُسن چھہ جادے
بڑیامُت۔

وولر

مانسبل پیٹھٕ میل پونشہ جنوبس کُن چھہ وُلر ییٚس رَنیتہٕ کالس منز چھہ
گڈھان پنداہ میل جادٕ زیوٗٹھ تہٕ داہ میل جادٕ کھوٚل۔ مگر وندس
منز چھہ یہ واریاہ ژمیومُت آسان۔ تونہٕ چھُنہٕ یہ ۶x۹ مربع میل
کم زمین رٹِتھ روزان۔ مشرقہ طرفہ چھہ اکھ بنڈہ پوٗر۔ شمالہ طرفہ وٹلب
مغربہ طرفہ ننگلی سوپر تہٕ جنوبہ طرفہ حاجن۔ وٹلبہ طرفہ چھہ اکھ جادٕ
سینٹر بنیہ مشرقہ تہٕ شمالہ طرفے چھہ اکھ تھدی کوہ یموٚ سیتی وُلر چھہ
سیٹھاہ خوبصورت لبنہ ییوان۔ اکھ سرس منزباگ چھہ بڑ ناگ ییٚس
ہمیشہ چھہ آسان وُزان۔ بانہارہ طرفہ چھہ اکھ بڈشاہ صابنہٕ وقتیچ
اکھ "لانک" ییٚس حال حال تام وُجارٕ گمژ اُس۔ اما پوٚز وُنی چھہ اکھ

اَمہِ چھِہ لیا قُرُٹ مطابق مرمت کرنہٕ آمژ۔ کشیرِ منز چھنہٕ ییتہِ گاڑی تہٕ گاڑہ
گژھنہِ جایہِ پادہٕ سیدان ییتہٕ اَتہِ چھِہ۔ وندس منز چھُہ اَکھ منز آسان جان
پیٹھن شکار۔ اَتھ منز تہٕ کھوز چھِہ رٹیتہٕ کالچہِ گھاسہ سختی ویزہٕ شہرس
تہٕ گامن سیٹھاہ ڈکھ دِوان۔

دَیان پرانہِ وقتہٕ اوس اَتہِ اکھ بوڈ شہر یتھ اِزک لوٗک سلابت
نگروِنان تہٕ پرانہِ وقتکی لوٗک چندر پوٗر وَنان۔ اَمیُک تذکرہ چھُہ وُنہٕ کاٹشرِ
یادا وُسترس منز اکہٕ ندنہٕ دلیلہِ منز بیان کرنہٕ۔

پرانہٕ زمانہٕ اُسی لوٗک ولرس "الولا" وَنان۔ تہٕ کینژن پرانین
تاریخن منز "الولا" بدلہ امیُک ناو "مہاپدم سر" لیکھان۔ اَمہِ منزٕ
تار دِوان گژھ سیٹھاہ احتیاط کرُن نکیازِ اگر ہیکا وقتہ امہِ منزٕ
ناو ییہِ چلاونہٕ تہٕ وَنہٕ ترادِ واو اَکھ چھِہ تیٚتھی تھدی ملر وسہ تھان
یم ناوہ پھاٹراوَن۔

## کونسر ناگ

اگرچہ آب وُزنہٕ سببہٕ چھُہ اکھ ناگ بیان وَننہٕ۔ مگر یوٗز گو
امی زِہ یہ چھُہ اکہ سر یُس سمندرہ نشہٕ قریباً "۱۲۰۰۰ "فٹ تھوٗد چھُہ۔
امیُک زیچھر چھُہ قریباً زہ میل۔ اوٗت واتہٕ نچ چھِہ ہیرپور شوٗپیان
گنڈ اکھ وَتھ تہٕ چیترنار کنز بیاکھ وَتھ۔ یہ سر چھُہ آفتاب پھیرہ نس
تام آسان شیشرہ سیتی لگت تہٕ توٗرے چھِہ اوٗت واتہٕ واریاہ کم لوٗک

گژھان۔ اوت سفر کران چھہ وَنہٕ واریاہ لوکچہ لوکچہ خوبصورت مرگہ
یوان یمن منز گوگل مرگ تہٕ زوجہ مرگ جادٕے خوش یوہ یِنہٕ چھہ۔ اَتھ
سَرس اندرٕ اندرٕ چھُہ سُہ قدرتی نظارہ یتھ چھاوان چھاوان اُچھی
چھِنہٕ تھکان۔

گنگہ بل

ہرمکھ کوہس اندرٕ اندرٕ چھہ واریاہ لوکٹہ لوکٹہ سر یمو
منز گنگہ بل سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕہ مشہور چھُہ۔ یہِ چھُہ ۱۲ ساس فُٹہ
سمندرہ نشہٕ تھوٚد۔ یہِ چھُہ کاشرین ہیندین ہُند سیٹھاہ پاک سر۔ تہٕ
اَتھ منز چھہ تِم پننین مُردٕن ہنزٕ اڈجہ تراوان۔ اوت گژھہ دنچہ چھہ
زٕ ترٕ یہِ دٕتہ۔ ژھوٚٹ وَتھ چھہ کنگن کنہٕ۔ اَتھ چھُہ منزٕ یوان نارال
ناگ یتھ متعلق وَنہٕ یوان چھُہ زٕ یہِ اوس پرانہٕ وقتہ ہیندین ہُند
جان علمک مرکز۔ بیاکھ وَتھ کھوتہٕ پہامہ ناگہ بل کنہٕ۔ اپارٕ چھہ
سیٹھاہ خوبصورت وَن مرگہ تہٕ بیٚیہ کینہہ سر (یمن منز وشنہ سر
تہٕ کرشنہ سر مشہور چھہ) یوان۔ ماہ اگست چھُہ اوت گژھنُک جان
وقت۔ کوہہ دامنس بیٹھ چھُہ یہِ سر تمام طرفن ہندہٕ نظارٕک
عکس ہاوان۔ امیُک آب چھُہ تیوت ژٕون آسان زٕ ریتہ کالس منز
تہٕ چھُنہٕ اَتھ منز جادٕہ کالس اَتھہٕ بنان تراوُن۔ امیُک زیچھر چھُہ
دوشت فُٹہ تہٕ کھجر ژوٚرہت فُٹہ۔

## شیشِ ناگ

یہ چھُہ امرناتھ گژھان گژھان وُتی یوان۔ اگرچہ یتہٕ چھُہ شیشرم ناگُک ژھوٹ ناو۔ مگر چھُہ تہٕ یہٕ شیشنے میوٗ باسان۔ یہ چھُہ سمندرہ نِشہِ قریبًا باہ ساسہ فُٹہٕ تھوٚد۔ تہٕ امیُک زیچھر چھُہ میلہ کھنہ تہٕ جادہ۔ کھجر چھِس اکِہ میلہِ کھنہ تہٕ کم۔ امرناتھ گژھن وٲلۍ یاترِی چھِہ اَکھ منز سٔژان کران تِکیا زِہ ہِنیدیٚن ہِندِہ عقیدہ مُوجِب چھِہ اَکھ سٔژانس سیتھاہ شرف۔ یاترِیو سِوا چھُہ اوٚت کانٛہہ کانٛہہ پوٚہوٚل تہٕ واتان۔

## تار سر مارسر

یِم چھِہ زِہ سر ایدرِ نالہ مشرقہ طرفہ سیٹھاہ تھزرس پیٚٹھ۔ مار سرُک آب چھُہ ہُلی ہُلی پأٹھۍ ہارون تام واتان۔ اوٚت چھُہ ہیٚکان خال خالی کانٛہہ سیلاح رٔتینہ کأرِس اندر گژھت "لیدرِ وٹھ" کِنۍ یِم چھِہ سیٹھاہ پرینہٕ تہٕ ننِدرِ بأژی زِہ سر

## مرگہ

مرگ معنی گوشہ ہموار سبزار یُس بالن اندر یا کِنہٕ تھزرس پیٚٹھ آسہ تہٕ یتہٕ قدرتی پوشہِ آسن کھنتہٕ میتۍ۔ لفظس کُن وُچھت چھِہ ساری کشیر اکھ بُڈ مرگ یتہٕ سبزہ مُنزی قدمہ پیٹھ قدمہ قدرتن پوشہِ بیول چھُہ ووٚمُت میدانو۔ کوہ لہ رادو۔ بجھیو تہٕ سر و مُنزی۔ مگہ کاشُر یو

چھُہ یاتھلہٕ علاوہ کینٹرن جاین مرگہ ناد تھوومٕژ ہیمہٕ منزٕ خاص چھِہ۔

گُلمرگ

یہِ چھِہ تمام مرگن ہِنٛز مُلکٕ گٲنٛی نیوان مانِنہٕ۔ تہٕ یہِ چھِہ سرینگرٕ پیٹھٕ دہہ یہِ ترٕ میل دوٗر۔ ٹنگمرگہٕ تام چھِہ موٹرٕ ٹانگہ نیوان تہٕ اَتہِ پیٹھٕ چھِہ چڑاے شروع گژھان۔ حال حالیہِ پیٹھے چھِہ اوٚت جیپہِ تہٕ موٹرٕ ہیکان کھٔسِتھ۔ یہِ چھِہ ۸۷۰۰ فیٹ سمندرٕ نِشہِ تھٔزٕ۔ مرگہِ اَندی اَندی چھِہ قریباً دہن میلن ہنٛز واد بنگلہ بناونہٕ آمتی۔ اَکھ چھِہ بیتس تھٔزرس پیٹھ تہٕ ژوہ دِیٖ طرف بال یمن مَنٛز کمنز چھِہ یارٕ تہٕ۔ رٔنیتہٕ کالس چھُہ اَتہِ وزیرٕن ہِنٛد سینٹھا ئین گژھن لگان تہٕ اَکھ چھِہ کینٹرن رٔتِن ہیہے شہرچ شکل گژھان۔ ماہ ستمبر پیٹھی چھِہ اَتہِ تیٖر تیزان تہٕ لوٗک چھِہ اَتہِ ہیوان ڈیرٕ تُلُن۔ گلمرگہ منز چھُہ باضابطہٕ ڈاک خانہ۔ تار گھر ہوٹل، کلب۔ بنک۔ رصدگاہ۔ کتب خانہ تہٕ بازر۔ اگر رٔنیتہٕ کالس منز اَتہِ ہنگہ منگہ رُدد بنگہ زرٕ کرہ نہ تہٕ اَکھ جایہ برابر چھِنہٕ کشیرہ منز کانٛہہ بماسے۔ اَتہِ پیٹھ چھِہ نیوان وادیٔ کشیرُک پرتو تہٕ بٔڈی بٔڈی مقام مثلاً سرینگر۔ ولر۔ ننگہ پربت بوزنہٕ۔ اور گژھ ہنچہ چھِہ بنیہٕ تہٕ واریاہ دٔتہٕ۔ ہیمہٕ منزٕ پژت کھاہ رکنی تہٕ کونتری کنہ زہ دٔتہٕ چھِہ لوٗکو ماجہ مژہ۔

کھبلن مرگ

یہِ چھِہ گُلمرگہ پیٹھٕ میل تارہ ہیور کنی۔ اوٚت گژھ ہنچہ زہ دٔتہٕ

پہم دوہ نہ وے جنگہ منز چھ نیران۔ یہ چھ سیٹھاہ رُت مرگ مگر اَتہ چھنہ جادہ بستی کینہہ تہ تَوے چھ اَتہ دوہَس دوہن دوہن ڈیرہ ترادتھ ژوک واپس پھیران۔ گُل مرگہ پیٹھہ شراہ شت فُٹ تھزر آسنہ سببہ چھ اَتہ تیز تہ جادہ۔

توسہ میدان

اوت چھ گُل مرگہ پیٹھہ تہ وُتھ نیران ترٛیہ چھ کشیرِ ہنز تھزر ہش مرگ۔ اَتھ چھاونہ چھ رٔنیتہ کالس منز کینہہ کینہہ عیشہ مُتی گژھان۔ بڈگام تحصیلہ کِنہ دوہ یہ ترٛییہ گامہ پیٹھہ تہ چھ اور وَتھ نیران۔ وُترہ ہیل پیٹھہ درنگ تہ درنگہ پیٹھہ میل شیہ مرہ کھست اَکھ وَتھ۔ بیاکھ وُتھ چھ "زیار" پیٹھہ سوکھ ناگ کِنہ نیران۔ کھاگہ پیٹھہ چھ ژھست وَتھ مگر اَتھ چھ قریباً سارہ ترٛیہ ساس فٹہ بُتھہ چڑِی ییان۔ توسہ میدانس اندی اندی یس کریوہ چھ سہ چھ بڈہ خوش یوہ وَن۔

سونہ مرگ

یہ چھ لار علاقس اندکُن ییان۔ ہتہ اَتہ تہ چھ رٔنیتہ کالس جان پُن گژھن لگان۔ اَتھ سیتی چھ سندھ وَسان یمیوک آب تہ یخ ہیوُ ترٛون تہ دوہ دہی ہیوُ پرُن چھُ۔ زوجیلا کوٚہ نارچھ اَتی پیٹھہ شروع گژھان۔ اگرچہ اَتہ پیٹھہ چھ کولاہٕی تہ امرناتھ تہ وَتہ نیران مگر یم

چھہ سیٹھاہ گُذرہ وَرتہ ۔ اَتہ چھہٕ ووہ‌نی آمُت سیاحن ہندِ خاطرٕ
جان انتظام کرنہٕ ۔ توٗرے چھہٕ یہ اکھ شاندار صحت افزا مقام یِوان
مانِنہٕ ۔ شہرہ پیٹھہٕ اوت تام چھہٕ میل پانژاہ مرٕ ۔

## پہلگام

گُل مرگ پتہٕ چھہٕ اَتھ مرگہٕ دوٚیُم نمبر ۔ یہ چھہٕ اکھ جان قصبہ تہٕ
سرینگرِ نِشہٕ چھہٕ پہلگام شیٹھ میل دوٗر سَتھ ساس فُٹ سمندرٕ نِشہٕ
تھوٚد ۔ اَتھ چھہٕ یہ فضیلت زِ اوتام چھہٕ تقریباً سارسی وَرُیس موٹر لاری
واتان ۔ پہلگام چھہٕ ژوٚنہوٚی طرفوٕ بالوٕ سیتۍ وَلِتھ تہٕ اَمہِ منزٕ چھہٕ
شین ہیوٚ صاف لیدرٕ نالہٕ وَسان ۔ بازرہ علاوہ چھہٕ اَتہ ڈاک خانہٕ
تار گھر تہٕ ہوٹل ۔ امرناتھ گژھان چھہ اَتہ سیٹھاہ رونق بڑان ۔
اتھ وکھ خوشگوار ہوا تہ قدرتی سبزٕ زار وُچھِت چھہ بھارتی یاتری رٲژھ
ہی گژھان ۔

---

آیتن چھے پوشہ تھرہ ییتھہ لَگیہ خوش چھی تھتھ بہکھ
باغوان اسے غیر آسی یس ژیہٕ روزی شہ باو
سنزاوس زان قدر و قیمت باونس تُل کانہہ مفاد
بھاسے ورزتھہ لوک ارزتھ اُکفتک مس باگراو

(مہجور)

# شُری گنِدُن

کشیرِ منزٕ چھِ شُری وارِیاہ تِمہٕ کھیلہٕ گِنْدان یِم شُریَن
کرٕٹ کھیلہٕ تہٕ بالغن کرٕٹ اخلاقی یا باطنی تمثیلہ چھِ۔ شُری چھِ ینُہ پاٹھۍ
گندنس کُن لگان تہٕ بُڈۍ چھِ یِمَن وُچھِت زندگی ہٕندۍ کیٚنہہ تہٕ رموز
تہٕ اشارہ لبان۔ یِم انسانَس انسان بنٲوِتھ شیطانس نِشہٕ ژٔلُن تہٕ خدایس
کُن لاگن۔ یِمو منزٕ چھِ:-

اکُس بکُس

ژٕ وہرٕ کم شُرِس چھِ کھُرِلہٕ نِشہٕ پَت رٔٹنہٕ خاطرٕ گرٕوک
کانٛہہ زٔٹھاہ یا شُری شُند مول پیتھر بیٚہہ نادان۔ تِمۍ سٕندۍ دوٚنہٕوے
اَتھہٕ ماوٕ طرفہٕ پیتھرِس پیٚٹھ تھاوِتھ نٲوِتھ اَدٕ نِگچھ گنٛڈُن ییٚٹھ" اکُس
بکُس" گنزرُن ہیٚوان۔ تہٕ "اکُس بکُس" لفظہٕ لفظہٕ موہ کہٕ لٲوِتھ "وُرِن
نتے تھٕرن چھی" وَنِتھ شُری سٕندۍ ژٕ اَتھہٕ ہیٚور کُن پھیرٕ نادان۔ ایٲری
تہٕ برونہمی پاٹھۍ اکُس بکُس گنزران تہٕ آخرس ییٚٹھ" دوٚہتھ بی لُکُی لکہٕ ٹکہٕ
کر" وَنِتھ شُرِس اورٕ یور ٹکہٕ ٹکہٕ کرٕ نادان۔

وَننہٕ چھِ یِوان زِ" اکُس بکُس" چھِ دراصل لل دٕیدٕ ہُنْد اکھ
واکھ اوسموٚت۔ یُس یَتہٕ میوٚ پانژوٚ ہَتوٚ وُرُیوٚ ییٚٹھ تیوٚت اَدٕ گرٕ تھوٚنگرٕ
گوٚمُت چھُ زِ دوٚہ نی چھِنہٕ اصل اَچھر نَنان۔ قیاس چھِ یی زِ للہٕ ہٕنْد

واکھ آسہے یہ:-

سہ کُس تہٕ بہ کُس تٔلہٕ وَن ژہ کُس

اَڑُن بِطَخ لٔدُن دٕیگہٕ۔ سُہ ہٲل کُس دو وٕنتو

بھرِزَم جہارس پوٗزِ چھوٗکم

دوہ تھہٕ بی لشلی ٹٲکہٕ ٹٲکہٕ کر

یِمَن سارِی نِی مصرعن بدل چھُ تُوکو درجنہ واد ٹٲکھ بنٲوی مُتہٕ مثلاً "سہ کُس تہٕ بہ کُس تٔلہٕ وَن ژہ کُس" بدلہ "ہہٕ کُس تہٕ بہ کُس تٔلہٕ وَن چھہٕ کُس؟" یا "اکُس تہٕ بکُس تٔلہٕ وان ژکُس"۔ "سہٕ ہٲل کُس دو وٕنتو" بدلہ "سال کُس کُس وٕنی تو" یا "شال رٔچھ کیچہ وانگنو"۔ "بھرم جہارس پوٗزِ چھوٗکم" بدلہ "برجِھ ہارس پوٗزِ پھٹم" وغیرہ وغیرہ۔

شُرس اَکھ بند تھاوِتھی "ہہٕ کُس" یا "سہ کُس" وَنِتھ غیر حاضِر ماجہ ہِنٛد تصوّر دِنہٕ سیتی چھُ شُری سُند مول (یا زُیٹھ) شُرس اَکہ غاَئبی ذاتُک تصوّر دِوان۔ اَمہ پتہٕ شُرس بطخ یاد پاوِتھ پننِس نفس امارس کُن اشارہ دِوان۔ نفس امارہ چھُ اندرِمہ کثافژ مُوجب "بھرم" دِوان تہٕ مول چھُ اَمہ کِس نارگنڈس "جہارہ" وَنِتھ شُرس کُن اکھ کتھ تہٕ پانس بیاکھ کتھ وَنان۔ بطخ سُند ناو اَنِتھ "دیگ" تہٕ ہٲکہ ہِنٛد اکھ سوال تراوان تہٕ چھیکرس پینٹھ لل دیدِ ہِندِس لفظ اَنِتھ شُرس

اوڑہ یوڑ ٹیکہ کرہ ناوان تہ کھڑلہ نشہ پیٹھ رٹان۔

کاش لل دیدہ ہیند یہ واکھ ییہ ہے اُکھہ تہ امیوک صیحی معنی ییہ ہے تمی آیہ کرہ نہ۔

## (۲) سوزہ لنگ

یہ چھُ دوہ یہ قسمہ آسان۔ کیٹین رکیٹ اکھ تہ کورین رکیٹ بیاکھ۔ زمینس پیٹھ چھہ رکھہ سیتی یم زہ شکلہ بناوان۔







شری چھہ وہ‌وۍ جماژن اندر روزان نہ تاپہ ترلیش کرتھ رگندن ہیوان۔ کھیل شروع گژھنہ بروٚنہہ چھہ ستو خانو منزہ اکھ خانہ رٹنہ یوان تہ یوہے خانہ چھہ روزان رگندنگ گوڈ تہ سزہ کتر چھہ اُتھی منز تراونہ یوان۔ گندن وول چھہ لونگ لونگ کران اکھ

خانس تام واتنہٕ کترِ پھینٹ کڑان ۔ لوٚنگ لوٚنگ کران یکہٕ نسِ
چھہٕ کینہہ شرط ۔ یمو منزٕ ییتھ اکس پیٚٹھ گندن وول یکہٕ نہٕ تہٕ شہ چھُ
" دزان " تہٕ گندنہٕ نشہِ الگ بیان کرنہٕ ۔ (۱) کترٕ یا گندن وول گژھنہٕ
قلایہ نیٚبر گژھنہٕ (۲) دوزخس اندر گژھنہٕ زنگ پیٚیہٕ ۔ ( الآ ئیلہٕ دوزخہ
پیٚیٹھے سِرٕ لوٚنگ شروع آسہٕ گومتٕ ) (۳) مخالفہ سندِس زیچہِ ژِتس
خانس اندر گژھنہٕ اجازتہٕ بغیر کھور پیٚین ۔ (۴) کُنہِ خانچ رِلہ گژھنہٕ
ماندٕ نہٕ پیٚن ۔ (۵) پھینٹ کران گژھہ کم ازکم اکھ خانہ منزٕ تراونہٕ یُن
(۶) لوٚنگ گژھنہٕ پھٹُن ۔ ( اما پوز اگر کور گندان آسہٕ سعہٕ ہیکہ زٕ کھوٚر
جنتس تہٕ دوزخس اندر تراوِتھ نفک تہٕ کڈِت تہٕ لوٚنگ تہٕ بدلاوِتھ ۔
(۷) ہیُر ہیُرٕ خانہ زینان گژھہ سِرٕ کترٕ بوٚن کُن پھینٹ کڑان تتھی
خانس تام یکہٕ ناوِ ییس زیُومٕت آسیٚس ۔ خانہ زینان زینان چھُہ
اکھ گروپ آخرس پیٚٹھ بتہٕ خانس تام واتان ۔ ییس "بتس" زینہٕ تسُو
چھہٕ اجازت " بنیرٕ " پیٚٹھہٕ سِرٕ کترٕ پھینٹ کڑ نوٚک ۔

سِرٕ لوٚنگس اندر چھینہٕ خانہ زینٕنی ترتیُت ضروری ( خواہ شہ کیا
زٕ آسِنہٕ "جنت" تہٕ ) یِژت بنیرٕ زیُن چھُ ۔

## بنیرٕ پھینٹ

بتہٕ زیُن وول ... چھہٕ بنیرٕ پیٚٹھ اکھ ترٕژھ پھینٹ
کڑان ییمہ سیتی سِرٕ کترٕ " لتہٕ " بوٚن نیرٕ ۔ گندن وول چھُ سِرٕ کترٕ

تام سزٕ لنگہٕ نٮ۪بر وٲتھٕ بنیہ کتر ژٕھتھ بنیرس کُن لایان۔ اگر کترٕ بنیرس اندر تروٗن تہٕ یہ چھُ بنیہ لوٚنگ لوٚنگ کران بنیرس تام واتان تہٕ سزٕ لوٚنگ زینان۔ ورنہ چھہ اَکی سنٛدی باجی یہ کوٗشش کران۔ اگر یم سارٕی بنیرٕ زینہٕ نَس اندر ناکام گَے۔ مخالف گروپ تہٕ چھہ بنیرٕ زینُن ہیوان۔ تہٕ کھیل چھہ بنیرٕ زینہٕ نَس تام چلان روزان۔

سزٕ لوٚنگ چھُ بالغن گژھہ اکھ تمثیل :۔ لوٚنگ لوٚنگ کران یکُن گوٚو جسمانی مصیبت ژُلتھ بردہ نہہ بردہ نہہ یکُن۔ زٕ زنگہ چھہ حرکتُک ہندی زٕ ذریعہ۔ مثالہٕ پاٚٹھی گوٚو اکھ رحمانی بیاکھ شیطانی۔ گوٚو ڈٕرٕ زنگی ترٕیہ خانہ گیہ یا تہٕ انسانہ سٕنزٕ زندگی ہندی ترٕیہ دور۔ (لوکچار۔ جوانی تہٕ بجر) نتہ روٗحانی ترٕیہ منزلہ یمو منزٕ نیران نیران جنتُک تہٕ دوزخُک تصوٗر چھُ پختہ سپنان۔ دوزخہ نشہٕ نیرتھ اگر کانٛہہ "جنت" زینہٕ نَس لایق تہٕ گژھہ۔ یعنی بدی ترٲوِتھ صرف رٕتی کار کرِ۔ تہٕ تہٕ چھہ تس خطرٕ نجر "سیُن" تہٕ "بتہٕ" یعنی دنیاوی تعلق ماراوٕ رٲیس وَتھ تہٕ گژھہ بنیرٕ خوار۔ لہٰذا گژھہ "سِنہ" تہٕ "بتہٕ" چی فکرٕ بردہ نہہ یکِتھ "بنیرس" تام واتُن۔ "بنیرٕ" چھُ روحہ کہ مقاریچ تمثیل۔ یتھ اسلام "نفس مطمئنہ" تہٕ ہندو دھرم "ستوگن" وَنان چھہ۔ یتہٕ انسانَس چھُ نظر موکلان تہٕ دُنیاہکی تہٕ حواسن ہندی ساری جنجالہ چھہ اَکس پھینچہٕ تَل گژھان۔

(۳) بَزِن باز

اَمِہ کھیلہٕ ہُندُ اصل ناو چھُہ "بہ زینہ باز"۔ یِتھ شرُو بزِن باز ژھٕرِ ووٕ۔ امِکہ چیز چھِہ نمبرٕ ا، ہال (۲) برٛوٗز (۳) برٛزِس اُندی گِندن والیٚن ہندٕ شمارہ کھوتہٕ کم اکھ کھٕنجہٕ

برٛوٗز چھِہ کھٔژن منز باگ اکھ جان کھیٚوٕ ڈٔ آسان یتھ اندر لورِہ تراوِتھ گِندن وٲلی شُرۍ چھِہ کھوٕجن ہُنزٕ گرٛینز برابر "بہ زینہ باز" ونان تہٕ مقرر کرٛی ہِتس شُمارس تام اُتی دوٕج دِوان تہٕ یکدم کھوٕجن کُن لاران۔ اگر سخت گِندن وٲلی آسن تہٕ شیٚنی کھوٕجہٕ چھِہ آسان استعمال کرٛنہٕ۔ یِتن اندر چھُہ اکھ گِندن وول کھوٕجہٕ درائے روزان تہٕ بیٚیہٕ گوٚو باز ہارن وول۔ اُمِس چھُہ یہِ سزا زِ سُہ گژھہ ہال برٛزِس منز لاین۔ مگر یِتھوۍ سُہ لایان چھُہ تہٕ کھوٕجہٕ وٲلی چھِہ کرٛان اَتھ واپس ژٔل تہٕ برٛزِس تام نہٕ ہالہٕ واتنہٕ دِوان۔ اگر سہ برٛزِس منز ہال واتناونس منز کامیاب گوٚو تہٕ گِندن والیٚن چھُہ کھوٕجہٕ بدلاونہٕ پیٚوان۔ تہٕ اُتھی بدلاونس اندر چھِہ ہال نزاون وول گِننہٕ کھوٕجہٕ پیٚٹھ قبضہ کرِتھ بیٚیس کانٛسہِ گِندن وٲلِس پننہٕ بلایہ دِوان۔

بزِن بازس اندر چھِہ اہم چیز یہِ زِ ہال برٛزِس کُن لاین وٲلِس اگر نِکھہ ہال آسہِ لایِنہٕ سُہ چھُہ ہمسایہ کھوٕجہٕ وٲلِس اکہ طرفہ ہالہٕ کِنہٕ بیٚیہِ طرفہ کھوٕجہٕ کِنہٕ لاگت پریشان کران۔ واریاہ پھِرِہ اُمِس ہالہٕ ژٔل کڈنس کُن لاگت کھٕنجہٕ "کھیوان"۔

برزن باز چھہ شُریَن کِرٛ کھیل تہٕ بالغن کرٛ زندگی ہُنزٕ دورٕ دورٕ
ہنز اکھ تمثیل - پرٛتھ انسانس چھُہ یہ ارادٕ آسان نِزر بہ زینہ یمہٕ زندگی
ہُیند باز - مگر سامانہ اُسِتھ تہٕ چھہ کانہہ کانہہ یہ باز ہاوان - اُمِس چھہ بیتہ
فرض نزر یہ گرٛتھ روزنٕ کوشش کران یِوتام یہ مخالفن ہنزٕ کوششہٕ
ناکام کرٕ ( برُزِس منز ہال واتہ نادِہ ) تہٕ بٔیین جابرانہ اجارٕ دارٕی
نشہٕ اورٕ یور ڈالہ ( یعنی ... کھوٕجہ والیٚن کھوٕجہ بدلاوتس
بیٚتھٕ مجبور کرِ ) - تہٕ کم وقتک فائدٕ تُلِتھ کِنہ کھوٕجہ بیٚنٛتھٕ قبضہ کرٕ
یعنی دوبارہ انسانی سماجس سیٚتی نزلہٕ -

## (۴) ژھالہٕ گنٛدُن

شُرِی چھہ زِکہ تراوِتھ اکھ وانگ بناوان - اَمہٕ پتہٕ چھہ یمہٕ منزٕ
زِٹھس ہوِس نزیو زنگو پکُن تہٕ یُمہٕ زنگہٕ آسے پیٚنس تِمی زنگہٕ کانٛسہٕ
اکس نل ٹاس دِیُن - پرٛتھ کانٛہہ چھُہ اُمِس تُرٕ زنگہٕ سندِس نل ٹاسس
کھوٕژت وانگس اورٕ یور نژان تہٕ اٰخرس چھُہ کانٛسہٕ نتہٕ کانٛسہٕ یہ ٹاس
یِوان - تہٕ اُمی سٕی بچارس چھہ اُچھن اوٚن دِوان - تہٕ دَپان چھُس "رٹھ
سہٕ اَسہٕ منزٕ کانٛہہ ژھاہ" تہٕ لگان چھہ یہ اَتھٕ سارہٕ وانگس ... اندر
تہٕ نیٚبر باقی گِندن والیٚن ژھانڈنہٕ - ژھانڈان ژھانڈان چھہ اُمِس
گرا کلہ ڈُسہٕ پیٚوان گرا دوٚگی تہٕ گرا لنہٕ - ستاوَن وول چھُہ پننہٕ کوم کرِتھ
ژلان تہٕ باقی چھہ اَشناہ کران - مگر تِمو منزٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ وانگہٕ نیٚبر

ژٕلُن بنان۔ یُس اکھاہ ییرِ تس چھی باقی شاہد روزان نہٕ گمہٕ ڈہٕ بکس "اَنس" یلہٕ ترأوِتھ اُمہِ سِی اوّن دِوان۔ اگر گندن وٲلی وانگسی اندر رٕودی تہٕ اوّن چھُہ واربہہ پھرِ وانگہٕ نیبر رُوزِتھ گندن والین ساران تہٕ "بینا" چھُہ اَشنا تراوان۔ بِتھ گو اگر اوّن کانٛسہِ اکس نفف کرِ تس چھُہ موءنٛ گرِنٛ۔ موءنٛ کرِتھ چھِہ امہِ سِنزن اُچھن پیٹھ پِوان مُژرِنہٕ تہٕ موءنہٕ وٲلس لاگنہٕ یِوان۔ اُمس تہٕ چھُہ بیاکھ رٕٹان رٕٹان سیٹھاہ دورِ دور تہٕ اَکھِہ ساٗر کرِنٛ یِوان۔ تہٕ اَتھ اَکھِہ ساٗر منٛز چھُہ شُرِین اسنٛکُ تہٕ "اُنس" ستاونُک حیلہ بنان۔

یہ کھیل تہٕ چھُہ بڈٕین کِنٛژ اکھ تمثیل۔ زیٹھ چھُہ ژُر زٕوٚنگ بنِتھ گویا یہ ہاوان زِ معصوم زمانہ منزٕ نیرِتھ ہیکہ بہ حیوان بنِتھ۔ یُس صرف نفس امارُک غلام آسنہٕ موٗجب ادرِ یورِلتہٕ لایان چھُہ تہٕ یُس نفس امّارہ چہ چھیپہِ لُگ سہ ہیکہِ اوّن یعنی شیطان تہٕ بنِتھ۔

ییم ییم انسان وانگہٕ ( یعنی دنیاوی تعلقہ موٗجب) نکھہٕ لنٛگی تِم چھِہ اُمس نِشہِ دور ژلان تہٕ موقہِ لبِت اُمس لٹھہٕ کُ لعنت تہٕ کران۔ مگر اُنس چھُہ سارینیی دِتہٕ موءکھہ۔ یہ چھُہ وانگہ اُندرِ نیبرِ چھیکرس کانٛسہِ نتہٕ کانٛسہِ رٕٹان تہٕ بیٚن لول ہاوِنہٕ خاطرٕ موءنٛ کران یتھےٚ موءنٛ چھِہ اُمس تہٕ شیطان بناوان۔ یُس یتہٕ باقین اوّن بناونہٕ خاطرٕ جک چھُہ ماران۔

# دہ بریزؠ

بَردنقہ حرزثان (گرئیٹہ) منہ مئرپس پتیمٹ اوش تراوان۔ (بھتہ پھیارُن) ہیرہ تل کھسٹ گاو (ناو) لنٹہ روس میوہ کیاہ (ھٹول) بتینہ ترہ ہے بتینہ نش منزہ چھس دوہس (زٕ اُچھد تہ نس) اڈگز مائمز تہ ڈفہ ڈگز پوژ۔ (ہیرٕن تہ رپنہ داو) اوچھو روستوی ژور ازان قلفہ روستوی پچھہ (گنز تہ قلف) نلہ گرٕی ہش کرٕ کل کشیرہ بوز (گگراے) تلی تلی تلاوہ تلی مہاراج صاٰبنٕ گرٕی ژٕلی (گگر) ورہچہ ماچہ شکر ترین کور شکہ ترین کورہ پسرٕ نافلک (دٕچھہ رانٹ)

# پنداہ محاورہ

آو تہ ہیرو گوو تہ گاشو۔ بتیہ شراکھ تہ اُٹھس تسبیح۔ پینہ نوی پژن چھہ زنش پھالہٕ وان۔ ٹلہ وارہ کئرشر تہ بچہ ماچہ رٕژر۔ چھانس تورہ آسے پانس کُن۔ خوجہ ہیوٹ وان ڈیگلیو سان۔ دمس سیتہ چھی نمسکار رائچھس دوہ تہ ژورس گتر۔ زوٗن چھہ کھسان تہ ہوٗنٕ چھہ دوران۔ ژونٹ وُچھِت چھُہ ژونگ رنگ رٹان۔ ژنیچھہ لچی تہ تیرس موٗن گبی تہ گراکس۔ وٕنیتھ چھہ گریزان آگرے۔ وندچین یارٕین خدایہ سند سگ ہلیتن بانٕ وٕ گرٕی ھٹان۔ یس کورہ خاندرسہ کور لوٕ برن نکھتی پٕز برن ودہ ساے

# دُہ مثالہٕ (ضرب الامثال)

آرٕ بُلہ بٹ ۔ بُجہٕ ہیُند سترہٕ کون ۔ ناون دار جانباز پور تیئورس نکھہ کوند بول خرس خرخرہ ۔ ڈینبہٕ حیتہٕ ندرین ۔ دُومٹس رینزٕ ۔ رونگہ منزٕ کنہ نگہ پھول ۔ زِجین پچہٕ فِر ۔ سہ ژلہٕ منزہ گمہ شتا بہ ۔ شال گژِب تہٕ ہاکہ ژرٕ ۔ کیسرہٕ نلہٕ پیٔرنی ۔ گانٹ نتہٕ گانٹہ اول ۔ لُٹ تُلتھ گژِب ۔ معتبرِ طوطرام ۔ نُنہٕ بٹینہٕ ہیُند تھنہٕ شُلہٕ ۔ نادِرہ نُندکر نُوشتھ ۔ ووہ پر محلوک کنہ کر ژُورٕ ۔ ہُونی ماز س واتل وازہٕ ۔ یُیس نشب دولہٕ ۔

## (۲۵) بیئنرہٕ کہاوژ

(۱) اُنس ہاوان سری وُتھ تہٕ بیقلس نہ کانہہ ۔ (۲) بدس سیر باوُن گمہ و بنیہ اندر سُرف رچھن ۔ (۳) پُنجس پر پژھک اُڈجہ گیارہٕ تیچے نہ دوٚپ نکھ "یئن آم نہ کانہہ" (۴) تیتُل گیہ پشیمان میانئو اُچھہٕ ڈیشہ مان (۵) چھانس یلہٕ بنیہٕ پانس پیٹھ بنکل تلہٕ شانس پیٹھ (۶) حلالس حساب تہٕ حرامس عذاب (۷) خام طمع ہمہ چھہ مژہٕ کنہ لہٕ (۸) دِکھنا تہٕ منٹھٕ دبا گھیت (۹) ڈونبہ سنز لنکھ تہٕ شُومہ سنز سلام نہ (۱۰) رز دُرز تہٕ وُکھن ژرحبس نہ ۔ (۱۱) ژُورمہ کر ژرالس مہ کھوژ (۱۲) ہسٔرن دیان پنہٕ دادہٕ سارٕ ہگتھٕ اکی نادِرہ (۱۳) شنیہٕ یار اُسی تن دُشی تن پردین تہٕ تہٕ چھم وہ ندہ سی ستھہ ۔

(۱۴) صاحب زادہ زمان ہاکہ لیٹین لمان (۱۵) عامس سیتھ ہرکرنی گیہ
گامس سینخ گرہ کرُن۔ (۱۶) غریبس ژایہ ژوُر مندنین تام کوڑہس جشنہ
(۱۷) فقیر باسے بڑہ دوہہ آیہ دوہ ہے لوگوُی لیچہ ووکہ وان۔ (۱۸) کاو
اسے چھکلہ زین سزہ صاہبنیے کاوس کرتہنیر ژلہ نو زاٹھہ (۱۹) گاوڑہ چھہ
ووُمست ہہٹہ کہنہ دِ تمَ تہ لَکٹہ کنہ ہنیتم (۲۰) لانژھ یلہ بڑان پیلہ ہرکی ٹھران۔
(۲۱) مقدمس نے پھوہ کہ دم آسی گامس کاسی شامس تام (۲۲) نمن میُٹر
تو کمَن رکڑ (۲۳) وقت کار چھہ پزوُی پزان (۲۴) ہرکہ ہرکہ ہیٹر ویزہ سوہر
کہر (۲۵) یس وُژھ نئر نمُ کھیتیہ لکہ ہُنز لر۔

## (۳۰) ترہ تاریخی تلمیح

(۱) آغر خانُ ہوُس (۲) آگہ ہٹنہ گاو (۳) بدری ناتھنہ اُدری مہر
(۴) بھگہ شہن دفتر (۵) تازی بٹنہ کان (۶) ٹرہ میرنی راد (۷) جمل باین
حوکت (۸) حسہ متینہ وسہ مت (۹) خوجہ میوہ سنہ طوُل (۱۰) خضر کو ٹن
لیکھہ (۱۱) دھرم داسنہ کو ٹھر (۱۲) رُمہ ریشُن آسے (۱۳) زلیخا یہ ہُندی
خواب (۱۴) سوداگُن کُم بُس (۱۵) شکرئنی مکڑ۔ (۱۶) عظیم خانُنی چنٹھہ
(۱۷) عالمگئی داندہ ہوُر (۱۸) فتح متیُن بتہ (۱۹) کھکھر میرُن بیور (۲۰)
کراجہ ماجہ ہُنند دسلابہ (۲۱) کھارہ کورہ ہُنز سُلہ۔ (۲۲) گوری بایہ ہُنند
کن۔ (۲۳) للہ ہُنند نلہ وٹھ (۲۴) موسہ خانُن کستور (۲۵) مایا رامنی نوش

(۲٦) نمرود ہنز دم (۲۷) مسکین شہن استان (۲۸) نبہ میرن انئر (۲۹) داسہ کاکنز گاسہ ناو (۳۰) بکر چھانئز کوہ کرچہ برن -

# معشوقہ بنڈ ژتہ جی ناو

سعہ ندر مال - بال - نازل - ڈیں - شلہ مائی - ہنز یائی - مستائی ماری مرژی - یاون مرژی - ہرنیز - گاشر - اچھ دائر - گیتہ رنیز - مانہ رنیز کونگی - مستور - شنہ مائی - نازہ نفری - زول مال - آرہ ول - ہسول ینبرزل - ہیہ نفری - یار - گلکی - ون ہار - شیرین - لیلیٰ - بدمائی حمہ خوتون - لولری - ہیہ مال - ونیز - گلاب نفری - ببر - درد ائی - روسی کٹھ - زون - وزہ ل - لوہ -

# انسان بدنکی ۳۵ استعارہ

تالہ کنز بن - ڈیکہ پھہ لن - ڈیکہ پورن - کن وامنز - کن ووہ زلنز - کنس کشن - اچھن کھشن - نس کرہنز - نکوارری ونہنز - گوزڑھ ترگراوی - وٹھ ژاپنز - دند چیرز - زیہ بہنہ - اکھم ژاپنز - گکلی ہشنراوی - گلہ زیو گرزھنز - اسس آب ین - ریش گلہ وُن - دار ژاپنز ہہ نگنز رٹھنز - کارمورنی - گرو کھہ والن - ٹھوک ژہنز - سبھ الوند تراون - بومہ چارنہ - کنہ پھرنہ پھیرنہ - کلس کھشن - اتھ چھلن -

نیتھ ہاوُن ۔ سینہٕ دِیُن ۔ وائُنج پھٹٲر ۔ بوٚکہٕ ہٕنُنہٕ ۔ مادہٕ کھینہٕ ۔ گردن معمہٕ ٹھُنز ۔ پھیکو مورُنی ۔

# اَتھہٕ تُلُن تہٕ اَتھہٕ اَنُن

پننہٕ زبانۍ ہُنٛد وُرسہٕ چار ہاونہ خاطرہٕ تُلوَ اَسہٕ "اَتھہ" لفظ۔ کاشُرِس ادبس چھہ امہٕ نِش قریباً "ہتھ" زٕلہٕ ملہ لفظ بنیامتۍ۔ یم وُچھیت یانسے چھُ فِکرہٕ تران زِ ساٚنہٕ زبانۍ اندر چھہ اَکہٕ بجہٕ تہٕ بقرِ زبانۍ ہُنٛد یوت وُرسہٕ چار تہٕ بقرار۔

مصادر

اَتھہٕ تُلُن ۔ اَتھہٕ پھرُن ۔ اَتھہٕ انُن ۔ اَتھہٕ تھرُن ۔ اَتھہٕ مارُن اَتھہٕ وٹُن ۔ اَتھہٕ باوُن ۔ اَتھہٕ ترُن ۔ اَتھہٕ نیرُن ۔ اَتھہٕ ڈالُن ۔ اَتھہٕ وُشناوُن ۔ اَتھہٕ ژاپُن ۔ اَتھہٕ دارُن ۔ اَتھہٕ کڈُن ۔ اَتھہٕ پرُوُن ۔ اَتھہٕ مِلناوُن ۔ اَتھہٕ کرُن ۔ اَتھہٕ ہُہُن ۔ اَتھہٕ ہراوُن ۔ اَتھہٕ ڈکھرُن ۔ اَتھہٕ پِلناوُن ۔ اَتھہٕ ڈلُن ۔ اَتھہٕ اکڑُن ۔ اَتھہٕ پھشُن ۔ اَتھہٕ پھلنۍ ۔ اَتھہٕ لیوُن ۔

مرکب مصادر

اَتھہٕ بیہہ گژھُن ۔ اَتھہٕ بند گژھُن ۔ اَتھہٕ تُلتھ دِیُن ۔ اَتھہٕ پھیرِتھ گژھنۍ ۔ اَتھہٕ بیٚٹھ تھاوُن ۔ اَتھہٕ کھوٚر کرِنۍ یا مارِنۍ ۔ اَتھہٕ کھوٚر لگُن ۔ اَتھہٕ کھعرہ ہرِنۍ ۔ اَتھہٕ لور کرِنۍ ۔ اَتھہٕ ہاوان گژھُن ۔

حاصلِ مصادر

اَکھ ٹھرٕ ز - اَکھ ڈاکھ - اَکھ بجر - اَکھ بر - اَکھ بانبرٕ - اَکھ پڑھ
اکھ وشھ - اَکھ پھَش - اَکھ چار - اَکھ زیچھر - اَکھ پھنڈ - اکھ ٹھار
اکھ پھیر - اَکھ روٚٹ - اکھ سائرٕ (سار) اَکھ شر - اَکھ کاوریر - اکھ
پشہ جار - اَکھ پوٗریر - اَکھ زول - اَکھ روٚٹ - اَکھ شہجار - اَکھ
گنڈ - اَکھ نیٚتھ - اَکھ دار - اَکھ ملہٕ وَن - اَکھ واٹھ - اَکھ ور - اکھ
وٗزھ - اَکھ گوبیٚر - اَکھ معہ کہ جار - اَکھ واس - اکھ نیچھ - اکھ وَش
اَکھ پوَ - اَکھ ٹھانٹھرٕ - اکھ ژھل - اکھ زوٚد یا گوٚد - اکھ سگ اکھ
شلکھ -

صفت

اکھ پھہوٕر - اَکھ تنگ - اکھ پھر نویژ - اکھ ترٚوش - اَکھ
ژھوٚر - اکھ صاف - اَکھ کموٚل - اکھ شوٚد - اکھ کھوٚل - اکھ کھاو
اکھ کایور - اَکھ میوٗٹھ - اکھ یار - اکھ نیکھ - اکھ کوٗن - اکھ چھوٗن -

کیاہ کرٕ پانژن داہن ہتہ کاہن
ووہ کھشن یتھ لیچھ کرِتھ یم گے
سائری سمہن یتھ رزہ لمہ ہن
اتہ کیا زہ راو رہے کاہن گاو

(دللہ دید)

